# شیخ العالمؒ

نگران

محمد یوسف ٹینگ

ترتیب

رشید نازکی

موتی لال ساقی　محمد احسن احسن

شیخ العالم شش صد سالہ تقریبات کمیٹی سرینگر

ناشر :- سیکریٹری شیخ العالم شش صد سالہ تقریبات کمیٹی سرینگر

چھاپہ :- جے۔ کے۔ آفسیٹ پرنٹرس دہلی - ٦

وٗری :- سنہ ١٩٧٩ء

تیداد :- ٥٠٠

کتابت :- غلام حسن

موٗل :-

# ترتیب

# گوڈکتھ

حضرتِ علمدارِ کشمیر شیخ نورالدین نورانی سندِس فنس
پأغامس تہٕ زندگی مُتلق بیٛوتاہ بیٛچھ وُریہٕ یَس منز لیکھنہٕ آو، شاید چھُنہٕ
پنٛژہ مین شتھن ہتَن وُریَن منز لیکھنہٕ آمُت۔ تحقیقی تہٕ تنقیدی
بسوٗتبرس پیٛٹھ یِہ کینٛژھا لیکھنہٕ آو، تمیُک اکثر حصہ چھُ اُردوٗ زبأنی
منز آمُت، تہٕ کیاہ زِ ساٚنی بخلاص مند کوٗششہِ روز زِ حضرتِ شیخ گژھہو
کشیرِ نیبر شوٗبہِ دار پأٹھۍ متعأرف سپدنۍ، تا آنکہ مُلکہٕ کین بأقی خطن
تہٕ زبأنن ہندِس تمدُنی ورا ثتس منز روزِ کشیرِ ہُند تیُتھُے حصہ شأمل یُس
اَبدی تہٕ آفاقی ادبہٕ کِس دأیرس منز بوان چھُ۔ اَوے آو حضرتِ شیخس مُتلق
انگریزی، اُردوٗ تہٕ ہندی زبأنن منز لیکھنہٕ۔ أسی کأشرۍ چھِ شیخ العالمہ
سندۍ کَندر۔ تمی چھےٚ أسہ زٕنہٕ بخشمٕژ، ذہن دیتمُت تہٕ ساٚنہٕ تہذیبُک
کاے تھوٚرمُت۔ وُمراتَن تہٕ اگر أسی زِ مزیہ نأو بتھ تہٕ کوٗژ چھیلتھ تأریفن ڈیر
کرَو، شاید وَسیہ تہٕ سۍ حق نَکھہٕ، یُس أہنٛدِ پرٛژھو سأنِس خوٗنس منز شروٚیمُت
چھُ تہٕ ہمسأنہ تہذیبکہٕ انسأنی بیتکہِ گُہ لاب طرفاتَن مُشکہ نأیہ ہیتھ
چھہ، مگر یوٗدوَے أسی بپننہٕ کوٗششہٕ فقط تأریفن تام موٗحدوٗد کرَو، حضرت
شیخ نبنہِ ملائکہ تہٕ ملائکہ چھِنہٕ ادھی۔ تم چھِنہٕ انسان، صنوٗر دِ رتھ

چھِ اَمہ کنٛتھ ہِشِرٕ زِ حضرت شیخ نۄندِس کلامَس تہٕ تہٕنٛزِ زندگی مُتعلق
ییٚم مختلف فی تہٕ مسأیِل چھہ، تِمن ہیٚیہ حل پأٹھۍ ڈٲل دِتھ، تہٕ تہٕنٛزِ زندگی
ہُنٛد اَکھ اَکھ ویٚتھہ تہٕ کلامُک اَکھ اَکھ اَچھر ہیٚیہ وٲلنہٕ۔ اَمہ باپتھ چھہ
اَکہ جاندار تحقیقاتُک ضرورت رُود، ییٚتھ پتہٕ کنہِ تأریخی تنقیدُک زبردست
شعور ڈیوٚکھ آسہ۔ یہ تحقیقی شعور چھُنہٕ کُنہِ ناوٕ، اَتھ منٛز ہیٚیہ بہر حال مختلف
خیال، مختلف نظریات تہٕ مختلف اندازِ نظر۔ تہٕ یوٚہے طرزِ عمل وٲتناو
محققن تہٕ کُنہِ آخری نتیجَس پیٚٹھ۔ لیکن اگر اَسہِ تحقیقاتُک دروازٕ عقیدتمندی
ہِشِرٕ ماٚنکلہِ سیٖتۍ بنٛد کرَو، برونٛہہ پکنٕچ تمام وَتہٕ گژھن بنٛد تہٕ اَسہ روزَو تِتھی
ییٚتنہٕ از برونٛہہ شیٚتھ ہتھ ؤری اَسۍ۔ شیخ العالم کمیٹی چھہ اَمہ تأریخی
تنقیدُک باشعور اندازس منٛز دَس تُلمُت۔ یُس تعبیہ شیخ العالمہ نۄندِس
دیوانس تہٕ تہٕنٛزِ Biography منٛز نظرِ گژھہ۔ زیرِ نظر مقالہ تہٕ
چھہ اَمہ رنٛگہ تحقیقی تہٕ تنقیدی ز۪یمن منٛز چھُ حضرت شیخہ سٕندِ عظیم
ذہنہٕ کین کیٚنژن کوشش پیٚٹھ لبے باگی سان لیکھنہٕ آمُت۔ ییٚم تمام
مقالات چھہ شش صد ساله تقریباتن ہِنٛدِس سلسلس منٛز اَکہ سیمنارُک
یادگار۔

"رشید نازکی"

# شیخ العالمنہٕ سنٛدِس کلامس منٛز شہر آشوب

میر غلام رسول نازکی

شہر آشوب چھہٕ کاشرِ زبٲنی اندر فارسی تہٕ اُردوٗ پیٹھٕ وۄتمُت۔
شہر آشوب چھُ فارسی لفظ۔ یمیُک مانے چھُ تِمَن فِتنَن ہُنٛد حال بیان کرُن
یِم شہرس اندر سیٖکہ رٲیِج بنے مَتۍ آسن۔ اُردو والیو نیوٗ یہ فارسی والین
نِش تہٕ اَسہ نِش ووت یہ یِمو یے ذٔریعہ کینہہ۔ اما پوٚز کٲشِرِ اندر بدلیوو
اَمہِ رنٛگہ کمہِ شنٛڈٕ انداز۔ شہر آشوبہٕ تٕکیسے طرزس پیٹھ آے سیلاب نامہٕ
سفر نامہٕ تہٕ قحط نامہٕ وغیرہ۔ اصلی تہٕ حقیقی شہر آشوب ووٚن گوڈٕ حضرت
عبدالاحد نادِمَن تہٕ پتہٕ عزیز اللہ صاحب حقٲنیِین۔ مگر حقٲنی صابُن
شہر آشوب چھُ فارسی زبٲنی اندر تہٕ غٲر مطبوعہ۔ نادِم صابُن شہر آشوب
تہٕ چھُنہٕ سورُے چھپیومُت کینہہ لیٛت نامُت میٛے خیال چھُ۔ وہاب پرین
تہٕ چھُ ییٚمہِ زمانُک حال بیان کوٚرمُت تہٕ اَمہِ تہٕ ہیکو شہر آشوب ونِتھ۔
مانی ترتیبس اندر چھُ ریختہٕ زبٲنی اندر عبدالوہاب سادھُوان تہٕ شہر آشوب
لیوکھمُت۔ مگر یہ چھُ زِیادٕ تہٕ فحش پٮ۪ٹھ۔ بنٛڈٕ پور بُک منور شاہ چھُ شہر
آشوب لیکھنس اندر اَکہِ جان مُقامُک مالک۔ حضرت شیخ العالمس
نِشہِ یہ توقع تھاوُن زِ تِمو گیہِ آسہِ شہر آشوب نٔختی پٲٹھٕ شہر آشوب لیوکھمُت۔

چھُ رٕژھاہ مُشکِل ہیٚن۔ اَلبتہٕ پرٛیتھ کانٛہہ شاعر چھُ پننہٕ سماجُک عکاس
آسان، تہٕ اَمہِ سٕندِس کلامس اَندر چھِ خامِہِ نظامی سماجچ واریاہ شکلہِ
بنان تہٕ ظاہر سپدان۔ حضرت شیخ چھُ صوٗفی صافی تہٕ ریشی آسنہٕ باوجود
شاعر تہٕ تہِ اوس حساس دِل مُبارک کیتھہ پاٹھی ہیٚکہِ ہے تمہِ حالاتو نِشہِ
بے نیاز رٲوِتھ۔ یِم تمِس اَندہٕ بٕنیٚو رو نُما سپدان اٲسی۔ حضرت شیخہ سٕندِس
کلامس اَندر استحقارِ موت، تصورِ آخرت تہٕ بے ثباتی دُنیا تِم موضوع
یِمن نِسبتھ اَسی ہیکو وٲنِتھ زِ یہے چھِ یِہنٛدی خاص موضوع۔ لہٰذا
اگر اَہنٛدِس کلامس اَندر شہر آشوبُک کانٛہہ عُنصر چھُ تیٚتھ چھُ پہنیٚ موضوعس
سیٚتہِ توٗلُن۔ چنانچہ حضرتِ شیخہ سٕندِس کلامس اَندر چھُ ریاکاری خلاف
زبردس احتجاج موجوٗد، اَتھ چھ اَکھ خاص سَبَب یتھ وضاحت کرنہٕ
بایہِ ہیٚن ذرا تفصیلہ سان کینٛہہ کتھہ عرض کرنہٕ۔ اللہ تعالیٰ چھ پرٛیتھ
وقتس پیٹھ تِمہ قسمکی ہادی تہٕ مُصلح مبعوث کران یِم تتھ وقتس تہٕ
زمانس درکار چھِ آسان۔ حضرت ابراہیم علیہ السلام سٕنٛد تِمہ وِزِ مبعوث
ییلہ آدمہ سٕندی فرزندو معبود برحق مُشرو مُت اوس تہٕ تِمو دساختہ خُدایو
اوس انسانی دماغس پیٹھ غلبہ تہٕ تسلط لوٗبمُت۔ توحید باری تعالیٰ کُہ
تصوّر اوس دِلو منٛز محو سپدمُت۔ اللہ تعالیٰ سٕندی قدرت کاملہٕ کوٚر
اَتھ کیٚتھ کارس اَندر اَکھ مینار نور حضرت ابراہیمؑ سٕندِس صورتس اَندر
پاٲدہ۔ یہنزٕ تٲلیمہ ہُند زور روٗد صرف توحید باری کِس موضوعس پیٹھ
تہٕ کیازِ تِمہ وِزِ اوس اَلقضاے وقت تی۔ حضرت عیسیٰ علیہ السلامہٕ
سٕندِس زمانس اَندر اوس دُنی پانہ خونریزی تہٕ نِشہ ڈولک شِکار سپدمُت اوس

موجب روز حضرت عیسا ہیٚنز تالیٖم امن و صُلح تہٕ عفوٕ تہٕ درگُذر کرنُک
تام محدوٗد۔ اَتھ خدشس تام زِ اگر کانٛہہ اَکہِ طرفہٕ ٹھَپھ لایہِ، دوٚیُم
طرف کرُن وُس پیش زِ اگر ییٚتھ کھ بیاکھ لاے بیاکھ۔ پانٛہ حضرت
خاتم النبیین صلے اللہ علیہ وسلم تہٕ سپد مبعوث تِمہ ساتہٕ ییٚمہ وِزِ ییٚم
دۄن نوٚوے مُفسدہ دُنیہِ ہٕنٛس اندر عام آسہٕ۔ یانی انکار توحید الاٰہی تہٕ
فساد و خونریزی۔ اَمی موجب چھِہ حضورٕنٛ ہنٛز تالیٖمہ ہنٛد سنگ بُنیاد
توحید تہٕ امن و صُلح۔ حضورٕنٛ پَتہٕ ییٚم مُصلح، اولیاء، عُلماء تہٕ صُلحا آے
تِم تہٕ سپدی مامور مِن جانب اللہ تِمَن حالاتَن ہنٛز اصلاح تہٕ مُقابلہ
کرنہٕ باپتھ ییٚم تِتھ زمانس اندر باعث فساد آسی بنیمتی۔ یہ موضوع چھُ
سیٚٹھا طویل تہٕ ییٚمہ مقامُک موضوع چھُ محدوٗد۔ اَمہ موجب ہیکہٕ نہٕ
مثالہٕ دِتھ یہ واضح کٔرِتھ زِ امام ابو حنیفہ کیا سپد قٲد۔ امام احمد حنبل
کیا سپدی مبتلاے مُصیبت تہٕ تِمَن کیاز آیہ بے پناہ جسمٲنی اذیت دِنہٕ۔
یمو کتھو منز چھُ ثابت سپدان زِ حضرت شیخ العالمہ سندِس زمانس اندر
چھِ سماجس منز ساروے کھوتہٕ زیادٕ بوٚڈ فتنہ ریاکاری ہنٛد اوسمت۔
تِتھ چھُ یہ سبب زِ تِمہ وقتہٕ چھُ اسلام اوسمُت تازٕ۔ اَمہ موجب
آسہٕ تِمن اسلامکو ٹھیکہ دار تہٕ خودٲیی فوجدار زیادٕ تہٕ تِہنٛز تہٕ تِمن سِکہ
بیہناوِنہٕ خاطرٕ آسہٕ تِمن ریاکٲری ہنٛدِ سہارِ زٲنٛے تِہنٛز تنٛز کران۔
ریاکٲری چھِ ذمایم اخلاقو منز بدترین عایب۔ تہٕ خلقہٕ صحبہ والیو لُکو چھِ اَتھ
ہمیشہ شدید مخالفت کٔرمٕژ۔ حضرت شیخ العالم رحمتہ اللہ علیہ آسی حقیقی
خودا پرست۔ دُنیا تہٕ متاعِ دُنیا اوس تِمن نش بے حقیقت۔ اَمہ

مۆجُب اُسو تِمہ ہھیقین لوکَن وُچھان ہیم دِینس دُنیا حاصِل کرنُک ذریہ
بناوان اُسی ، تہٖ تِمَن اوس افسوس شپدان . تِمن اوس باسان یہ سوداچھُ
خسارُک سودا . دِین کِنیتھ دُنیا گاژُن گونفع بدلہٖ نوقصان ژھانڈُن . اَمی
مۆجُب کوٚر تِموٚ یِھقین لوکن خلاف زبردس اِحتجاج . ریاکار مولوین درویشین
تہٖ خودساختہٖ براے نام صوفین چھِہ تِمہ وَنان :

شہ چھُنہٖ وُچھان قیلس تہٖ قالس — شہ چھُ وُچھان حالس کُن

ظاہری چال ڈھال تہٖ ہالہِ گوپالہِ سِتہٖ تہٖ چھاوار یاوہ پیر، مولوی
تہٖ درویش لوکن مرعوب کرنچ کوٗشش کران . حضرت شیخ یِمن فرماوان :

اَلہ گِنڈِتھ پانس مو دِم رَنڈو — اَمہ سِتہٖ دوہ نِہ مَل وِہ تھی نو
اَمہ تسبیحہٖ تہٖ عاصیہ تہٖ جُبۂ دَو — اَمہ فَنڈہٖ شہ اَتھہ ایی نو

عالم بے عمل چھِ تمام مُصلحن مُہند اکھ محبوب موضوٗع رودمُت . یِمن
تِموٚ مختلف طریقوٚ لوٚ بمُت چھُ ، حضرت شیخ فرماوان :

پَران پَران پالُن موٚ ٹھمو — لیکھان لیکھان بیوٚ ھُم دِل

بیٚیس جایہ چھِہ فرماوان :

پَران پَران خالی پرگَیہ — خرگَیہ کتابہ پاٹھۍ ہیتھ

صرف زبانی زبانی یاد خوداکرنہٖ کس سعی لاحاصِلس نسبتھ چھِ حضرت شیخ
فرماوان :

پَران پَران زیو تال پھیچ یو — تَس کرِشہ کرتے کانِہہ تِچ نوذات
تسبیح پھیران اونگجے گَجۍ یو — بوے لگَیہ بوے ژِچ نوذات

شُہرآشوب لیکھن والین مُہند موضوٗ چھُ تِم لوکھ تہٖ رودی مُتہ

یِمہٕنٛد ظٲہر تہٕ باطن اَکھ اَکس نِش سیٹھاہ مختلف تہٕ متضاد چھُ آسان۔ اکثر تِم۔ لُکھ یِم ظٲہری شکل و صورتس اَندر اولیاء تہٕ خاص انسان ہیو ا چھ باسان، چھ بظاہر تجارت پیشہ آسان یِم زٕن ظٲہری تقدسک جامہ نالہٕ لٲگِتھ اَمہ نیتہٕ تزکیہ نفس بدلہ دُنیاوی نفع چھ کماوان، ریاکٲری ہٕنٛد کاروبار چھ یِمہٕ زمانس اَندر چلان۔

بیاکھ دل آزار صورتھ چھےٚ سو یتھ خلاف علامہ اقبال یہ وٲنِتھ احتجاج چھُ کران:

میراث میں آئی ہے انہیں مسندِ ارشاد
زاغوں کے تصرف میں عقابوں کے نشیمن

حضرت شیخ فرماوان:

پیٚتو میوٚ رٲیشو وہ دین رٕچھی — نتیٚین وُرکھ کھٔتنی راتھ
کیٚنٛہہ رٲشی سر پیٚچھ تہٕ بچھی — نصر بابہٕ توٚہ کھعتہٕ انبر کہاتھ

مُفت خوری تہٕ استحقاقہٕ وراثے لُکن ہٕنٛدِ مینٛتک استعمال کرن والین اندر چھُ مَلہ ہمیشہ مشہور روٗدمت۔ فارسی زبانی اندر چھ اکھ ضرب المثل بڈٕ عام، مردہ بدو زخ رود یا بجنت ملّا رانان وینیرے۔ اَتھ مُفت خوری چھ کٲشر زبٲنی اندر اَکھ خوبصورت لفظ وہ بِچھ۔ حضرت شیخ فرماوان:

وہ چھ بتہٕ اُنی وو، رٕنی وولہ کھرے — وہ چھ بتہٕ پکھرے گرِ گرِ چیانگ
وہ چھ بتہٕ کھیٚیاو ملہٕ شٔنز کھہ کرے — تمہٕ تہٕ مالہٕ پٔتر نیٚے شونگی بتھے بانگ

تِمنٕ مسلن مُنٛزٕ یِمہٕنٛد ظٲہر باطن اَکھ اَکس نِش بالکل متضاد چھُ

آسان، چھہ حضرت شیخ العالم یہ نقشہ پیش کران۔

نینّبرے شوٗبلو، اندرے شومی ہغبرن کھسن تیم کریہ کرِی کار

نٕلے ڈٕپٕ زِ تہٕ مولوی رومی نتہ ملہ ڈیشتھ پرِکرِ زِ استغفار

اُتھو سیتی اُنی تو ذیہنس اندر فارسیک مشہور شار :

واعظان کیں جلوہ بر محراب و منبر مے کنند

چوں بخلوت مے روند آں کار دیگر مے کنند

میٔنہ کوٗر غرض زِ دراصل چھہ حضرت شیخ العالمہٕ پتہٕ دِس زمانس ملہ راج بڈ زبردس اوسمُت۔ یہ چھہ اوسمُت خودائی فوجدار بنتھ بنیہ بداعمالی، ریا کاری ہنٛدس پردس تل کھٹان نہٕ لوکن پرِیتھ ساتھ نہٕ پرِیتھ وِزہ پرِیتھ کامہ پیٹھ ٹوکان تہٕ جہنمس کن پروانہ راہداری دوان۔ پانس نسبتھ چھہ اوسمُت یمو پننین دِلن اندر دایرمُت زِ جنت چھہ یمن مٲلی میراث تہٕ جاگیر۔ یمن لوکن خطاب کران چھہ حضرت شیخ فرماوان :

علما، پوٗر وو وو چھہ کمہ ہتے ژھلس چھہ زاگان اُکس اکھ

چھو چھو آمتو مینتھ تہٕ مسے پوٗرٕ لوٗژھ ڈیشتھ پوان ژکھ

کوٕہ چھو گمانہ اُسہ چھہ خاصے نتہ نو مو کلیو ساسہ ہنزٕ اکھ

یمے مولوی، ملہ، پیر تہٕ خود ساختہٕ درویش چھہ اُسہ ہتہ شیخ العالمس ذیہنس اندر یلہ تیمو نصر بابہ صابس خطاب کران چھہ فرمومُت :

مو ماز پوٗھٹس مازس تہٕ بدنس

دٕلگ گُل گرٕژھ یو کایس پٕل

نصر بابہ رے کرٕ رونس تہٕ وِدنس

حق ادٕ رٕچھی سایس تٕل

اگرچہ شیخ العالمہ سٕندِس کلامس اندر شہر آشوب عنصر ژھانڈان ژھانڈان غالب عنصر ملہٕ تہٕ مولوی چھُ۔ تو تہٕ چھُ کُنہ کُنہ وِزِ بیٚیہ کینہہ موضوع تہٕ لبنہٕ یوان۔ اگرچہ تِم چھِ سیٹھا کم۔ مثالہ پاٹھۍ یہ واکھ یا شرُکھ.

ڈیٚنجہ داوس تن تنٔنی    شہ تہٕ دوہ ہا نصرو

نشہٕ رٕنی تہٕ وُرٕنی گھُٹنی    شہ تہٕ دوہ ہا نصرو

توٚتن دُگرٕ تہٕ سیٚنبہ یٹنی    شہ تہٕ دوہ ہا نصرو

وُنہٕ بٕتہٕ تہٕ گاڈٕ گنٔی    شہ تہٕ دوہ ہا نصرو

عام شکایت چھے پرٕنہہ زمانس اندر آسان زٕ دانشور چھ پننہ کھتہ نِمن وَنان یمن نہٕ تِم فِکرِ چھ تران. کوہ کرین مو گھتہ چھکُن چھ اَمی باپتھ محاورٕ بنیومُت۔ حضرت شیخ فرماوان :

مُڈس کیہ ونیچ کتھ نو وُنی زے    خرس گور دِنہٕ داوی ویل

سیکہ شاٹھس پھل نو وُوی زے    کوٚم یاجن دِنہٕ راوی تیل

شیخ سعدی تہٕ فرماوان :

زمین شور سنبل بر نیارد    درو تخم عمل ضایع مگردان

کاشرِ پاٹھۍ چھ مثال : اوٚن کیا زانہٕ پرٕوٚن بتہٕ کیا گوٚ۔ یہ مثال چھ تمہ وِز دِنہٕ یوان ییلہ کانٛسہ ناقدرس نہٕ کینہہ بتہٕ۔ یمیک نہٕ سُہ حقدار آسہ۔ یہ چھے غلط بخشی۔ غلط بخشی چھ پرٕنہہ زمانس اندر گوٚزانہٕ

بے تمیز ارجمند عاقل خوار    او فتاد است در جہاں بسیار

حضرت شیخ یمہ شرُکس اندر لطیف طنز فرماوان۔

کیا کرِ ونٛدٕ روٚ ستے ڈوٚنس    کیاہ کرِ اَنِس تیر کمان

کیاہ کرِ، سعہ نہ شُند وُبنِتھ ہوٚنس کیاہ کرِ اٚنس شیٚلہ پدمان
تہٕ واقہ چھُ یہِ زِ۔ دوہ ہیٚتہ سیٚپدان چھُ یِی۔ دوہ ہیٚتہ چھُ سیٚپدان اٚکھ غلط
بخشی خلاف اٚحتجاج، مگر یہِ غلط بخشی چھِ بدٚستوٗر جاری۔ اٚکھ موضوعس
پیٹھ بیٚیہِ فرمادان حضرت شیخ :

نٕنہ کیاہ کرہ سعتھ گرٚ پٕٹرے    کیاہ کرٚ انستہِ رٚشے رٕتہٕ تگ

حضرت شیخ العالمس چھُ پننِس بصیرتکِس بناہس پیٹھ اَز
ژٕٹے ہتھ وُری برٚونہہ تہٕ بوزنہٕ آمُت۔ یہ اَز اَسہِ پننِہ گوٗنہگار چٔشمو
وُچھان چھِ :

برٚونہہ کالہٕ آسن تیجِھی گیٚرن    ٹٚنگ ژٕ شیٹھو پٔپن ژیٚرن سیٚتہ
ماجہ کورِ اٚتھہ واس کرِتھ نیرن    دوہہ دِین ہٕرن غاٚران سیٚتہ

شہر آشوبُک اکھ اہم عنصر چھُ طنز۔ یُتہ تام یہ اکھ اَندر
طنز آسہ، تُتہ تام چھیٚنہ سُہ تلخی ظاہر سپدان، یوہ وَنِن دامیلس
دِلس اَندر آسان چھ تہٕ بتھ سہ بیٚیِن تام واتناونی یِرژھان چھُ۔ سیُود
سادٕ پٔٹھو اگر واقعات وَنٕو، تہٕ زمانُک حال بیان کرِو، سو سپدِ اکھ مولی
بیانیہ تخلیق۔ اَمیُک اَثر روزِ سیٹھاہ کم۔ حضرت شیخ چھِ امہ رازٕ
زِنشہ واقیف اٚسی مِتی۔ امی موجب چھُ تِمو ملکٕ بابتِ ہند حال وَنان
طنز استعمال کوٚرمُت۔ مثلن :

تسبیح وُچھتے کنسا ہشو    مُرید ڈیشتھ کران صنم
سعتھ چینہ کھیٚنیہِ ہنم ہشو    اٚکس میتھہ ماز بیٚیس کرم
تہٕ کھیتھ شونگہم اِنشا ہشو    نوٚہہ ہیٚتہ بیرہ تہ رہزن کم

یُتھئے کٔٹنٕز چھُ حضرت شیخ العالمن شراوُن ناوُدس کوٗرمت یُس
نِش تِمو مَس آسہ ہے کوٚسمُت۔ تہٕ یِمو سیٛدیو موٚنڈِ کھوٚریو تِمَن ایذا
آسہ ہے وانٛنوومُت۔

شۄہجاہ کوٚسُم وۄسنہٕ شراوِنے — وۄہ گِنزِ پچھوس داوِنے
مۄے پٔزِ نفع ژٕ تے نہٕ تاوِنے — رگہٕ زن ژٕ چھُم کاوِنے
پوٚ ہَس کُمو کوٚر ژٕے ناو تراوِنے — ہیم کھوٚری گٔرٔ ٹھو راوِنے

عام حالاتَن بیٚٹھ اکھ پوٚز کٔٹنٕز۔ یُس پَرِ یمہ زمانس اندر سبٕز
روز۔

کَمہ زٕنیت بُرِی بُری ماز یِیہ لاو — سوہ زٕنیت بُتہٕ پھلی کُنِہ نو پوشان
رازٕ ہونزٕ سُے دِچھُم زبانِ کاو — باٗز مۄے ڈیٛو ٹھُم کتِن کتان

حضرت شیخ العالم رحمتہ اللہ علیہ چھِنہٕ شاعر امہِ حیثیژٕ زٕ تِمو آسہ
تمام عُمرٕ شاعری باز کرمژٕ۔ تہٕ یُتھنئے آسہ ہے یہِ ہنز زندگی ہُنٛد مقصد۔ بلکہ چھُ
یہِ ہنز زندگی ہُنٛد مقصد امیہ کھۄتہٕ ارفع وا علا اوسمُت، تہٕ سُہ مقصد حاصل
کرنہٕ چھُ تِمو شاعری اکھ ذٔریہ بنوومُت۔ یہ چھُ محض اتفاق زِ اَکِس
اہل اللہس ولی کاملس چھُ اوسمُت فنِ شاعرس سیتۍ تہٕ مَس۔ تہٕ امہِ سیتۍ چھُ
اتفاقَن یہ مقصد تہٕ پورہ سیٛدمُت زِ کاشرِ زبانۍ میول اکھ لازوال خزانہ
تہٕ بیٚش بہا ذخیر چھُ حاصل سپُدمُت، یُس سانہ خاطرٕ مشعلِ راہ چھُ۔ شاعر
آسنہٕ کِہ حیثیژٕ چھُ تِمَن احساس بٔڈ نازک اوسمُت تہٕ مشاہدٕ بٔڈ گہرٕ۔ تہٕ
کیازِ ہیم زٕ چیزٕ چھِ شاعری اندر بنیادی حیثیت تھوان۔ شاعر آسنہٕ کِس
صورتس اندر یہ کینژھا تِمو دِچھنو کھوٚری تہٕ اندۍ بیٚتو دِچھ، تہٕ وۄنکھ

شہر آشوب چھ آسان تی۔ سو شاعری یتھ اندر زمانک حال تہ ہارن ہنز
حکایت آسہ۔ مے چھ یمہ مقالہ کس ابتداہس اندر ووٚنمُت زِ سماجس
چھ اوسمُت حضرت شیخ نُندِس رح زمانس اندر ریاکار مُلاّ تہ مذہب فروشن
ٹھیکہ دارن ہُند زیادے پٹھ غلبہ۔ امی موجب چھ حضرت شیخ العالمن
یِہندۍ اعمال وُچھتھ یِمن رگ زنی کرٕمژ یُتھ زَن خوٗنِ فاسِد نیبر نیبرٕ
سماجک جسم بیمار بونیشہ پاک سپدِ۔ یتھ کُنہ کاشُر شاعری ہُند تحقیقی مجموعی
حضرت شیخ العالمؒ امام چھ۔ یتھے پاٹھۍ چھ شہر آشوب تہ اَتھ دراحت۔ امی ژانگہ
سیٹھہ چھ داد یاوہ ژانگہ روشن سپدی مُتہ۔ تہ یہ فن چھ کاشر شاعری اندر
نیو تہ مکمل یوت فارسی یا اُردو زبانی اندر چھ۔ یِمن دوٚن زبانن ہُند ناد
چھُس بہ امہ موجب ہیوان زِ شہر آشوب چھ آسہ اَتی ییتھہ تیتھے پاٹھۍ مستعد
نتہ ییٚن بنو مُت یتھ پاٹھۍ غزل مثنوی، رباعی تہ باقے اصنافِ سوخن
ساتہ زبانی ہنٛدۍ اجزاء بنے مژ چھ۔



# شیخ العالم تہٕ سہزاتنٛد تاوُک پسِ منظر

پروفیسر کے۔ این۔ دَر

کلچرٕچ وُگھنے چھےٚ وادہ پاٚٹھی کرنہٕ آمٕژ۔ یہ چھےٚ ژٕ کہ اَکھ میسحہٕ تہٕ گرِنھ چۄرہ ژھرادان وۄنیکھ۔ ییٚمیُک آگر چھُ معاشرٕ آسان۔ یہ ژھوہ ماران وۄنیکھ چھےٚ کاہے قدمن لاگم دِیکھ وۄداگھ دِوان۔ کاہے شرۄہٕ نٕ شرۄہ نو تالہ سیتی وۄنیہ دُن ہیوان۔ یہ چھےٚ نہٕ ہرگز تہٕ دُگہِ وونی آسان تِکیٛو کہ چھےٚ اَکھ باربطٕ تسلسل لوٚلہ ہنٕز وۄنیٚنزادان۔ اَمیُک روح چھُ اَمیُک نہٕ ژھوکہٕ وُن رفتار۔ آسےٚ تہٕ گرا سے یلا دوٚسے اَتھ چھےٚ لوٚہ گٹھو نالہٕ تہٕ کول لِہ لوٚچھر دِوان مگر یم ساٚری چھےٚ پنٕنژ انفرادی حیثیت ہنٕز اَتھ وۄنیکھ ہنٛدِس نادس سیتی ہم آہنگ بنان۔ گُنہٕ وِزِ چھےٚ یہ وۄنیکھ ژھان تہٕ مگر اَمیُک پکُن چھُ جاری روزان۔ رواٚنی چھےٚ اَمیُک زُوتہٕ جان۔ اَتھ وۄنیکھ دٕ چھےٚ گھوورِ چھےٚ قدیم وَقتہٕ پیٹھٕ باربل تامِر کرنہٕ یوان: تاکہ اَمیک سفرکو مختلف پڑاو نیرِن نٕتنے۔ ییمےٚ چھےٚ کلچرچ مسلہ پتھ آسان۔ حالانکہ اَمیُک تُرل چھےٚ نہٕ موٚیِن مگر وُنتھ چھےٚ وۄنیز۔ اَتھ پیٹھٕ ٹھک کڈُن چھُ منع۔ کلچر چھےٚ زِندٕ جاوید زندگی' اَوٚسے پکوٚنی روزان۔ تھکھ دِنۍ چھُ موت۔ اَتھ رواٚنی ھٹھوٚر دِیُن چھُ اَوٚسے ورزمُت، ییٚلہٕ تاریخ چھےٚ واتھ کڈان۔ ماشرِ چھُ نہٕ زنگہٕ وہراونی ہیوان تہٕ اُسہِ چھےٚ وَنان کہ کلچر چھُ

نوٚو ورق پھران مگر پرانٕی سبق چھ نوٚو کھیتہٕ نکو ہیٚکھ یاد پٮ۪ھنان۔ پژون نۍ نوٚو چھ

اکھ واس گرُھ کلچرس نوٚ آیہ زونہٕ ناوان نۍ سگہٕ ناوان۔ یوٚدوے پرانٕس

ژانگس چھ رٕنیہ سو تہٕ وٕنی لبنہٕ یوان۔ مگر پہاگے چھ نوین ژانگن تا بناگی

بخشان۔ پرانٕس تلبس پیٹھ چھ نوٚ عمارت تامیر کرنہٕ یوان۔ عظیم

سنسکرت شاعیر کالیداس چھ اُدٕے بجا فرمووُمت۔ یہ کینژھا پرون چھ

سُہ چھُنہٕ سورُے کھُہنہٕ تہٕ بے فائدہٕ۔ یتھے پاٹھۍ یہ کینژھا نوٚو چھُ سُہ

چھُنہٕ کُلہم پاٹھۍ کار آمد۔ اُدٕے تہٕ چھ دانا لوٚکھ زمانہٕ کین ہیمن دوٚن

زُوکٕین گُنے کرن پژھان۔ ییتھ پاٹھۍ فہم تہٕ فراست چھ پرانٕس نوٚس

دِلتھ پرِزناوان۔ تیتھے پاٹھۍ چھ کلچر قدیمُک تہٕ جدیدُک شیرین ھیشُل

آسان۔ یکوُن روزُن چھ امیُک لابدی صفتھ۔ رُوحانی زبانہٕ منز وٕنی

یہانٕے صداقتھ لل دیدِ۔ "زل ہا مالہ لوٚسُے نہٕ پکان پکان۔" علمدارِ

کشیرن بوو اُمیُک میچھر تہٕ کریچھر ییتھ پاٹھۍ:

دمی ڈیٹھم نَد سۭرتُنی    دمی وُچھُس سُم تہٕ تار

یہِ سمساری سُنز تہٕ ودہٕ گیٚنز چھ کلچرچ آبیاری کران روزان۔

ادب چھُ اکھ زبان دِوان گیاز یہ چھُ ماشرُک آینہٕ آسان۔ کلچرچ سام

چھ اُدٕے ادبہٕ کنہ ہینہٕ یوان۔

کاشُر کلچر چھُ سانیہ بُڈ وٕری پژون۔ امیُک پے چھُ اسہ

نیل مت پُران دِوان۔ یہِ چھُ مہابھارتس سیتۍ وابستہٕ تہٕ اُمہ کیٚہ عمرِ

---

۵ Nilamata Purana. edited by Dr. Ved Ghai. Verses 1-10

اُمہ وِزِ اوس ویشنو دَرم ہُریِن۔ حالانکہ شِو دَرمس مُتعلق چھُ پتھ مَتس منز
واریاہ ذِکر میلان۔ مگر برتری اُس ویشنو دَرِ نیب۔ بودھ دَرم تہٕ تنتر
تہٕ اُسی بارسس آمتۍ۔ ناگارجُن مشہور بود فلسفی اوس ہارُوَنہٕ پیٹھ تپسیا
کران۔ یہ شیچھ میچھُ اُسہ راج ترنگنی منز کلہن پنڈتن وَنان[1]۔ شِو سوترن
ہُنٛد خالق آچاریہ وسوگپت چھُ نوٲمِس صدی ہِم پاٹھۍ تحریر کران کہ یتھ کینہہ
طرزِ فکر اُسی تتھہ وِزِ سماجس منز کلہٕ تلتھ ہیوان یم سانہٕ ثقافتی ورٲثژ
اُسی چھِ کہلہٕ کران، مقلوج بناوان۔ اَمچ رُوانی بحال تھاونہٕ باپتھ
آیہ شِو سوتر بناونہٕ تہٕ شِو فلسفک پرچار کرنہٕ[2]۔ ناگو برونہہ تکمیچھ بیشارچ
چھوگہ دُسوینۍ طرزِ زندگی پانہٕ ناونہٕ اوس آمت۔ یشنہٕ اوس تہٕ مکمل پاٹھۍ
زھوکیومت۔ ییتھ پاٹھۍ چھ اُسی یہ وَننس منز حق بجانب کہ اسلام یوٚتام
یور اوس نہٕ آمت نوٚتام اوس سون کلچر ییتو میٖن۔ ساریٚن عقیدن
ہُنٛد امتزاج۔ یمن دین دَرمن ہنٛز نیٖر آسہٕ ساٰنی زندگی متولہ ناوان۔
رواداری اوس اوسے امتیاز حشُن۔ "کہنۍ اُس تہٕ گاو راوِ دیتہٕ ییم کو
ویداکھ لل دید چھِ سلطانی دورکس آغازس منز ورٲچھ وٲنیچہ دِوان تیٖوا نیت
اُس پٔرزھ غالب آیتر زِ اُمس یوگنی ہیوہ" موزان ہیوٚنٛد تہٕ مسلمان
نایہ دِبُن۔ شیخ العالمؔ دیتھ ہنود یوٚہسے آلو ییتھ پاٹھۍ:

اَکِس مٲلِس ماجہ ہیٚنٛدِ پن
تِمن دیے تَرٲوِتھ تہٕ کیا سے

---

[1] Raja Tarangini: I, 173

[2] Shiva Sutra Introduction.

## مُسلمان تہٕ کیاو ہیٚنٛدٕ ہِن

### کریٚشٕرُن توشہ نُندٕ دائے[1]

اَتھ ضِمنس منٛز چھُ اَسہِ یہِ عرض کرُن مُناسِب باسان زِ گۄنہٕ مُلکچ سیاسی تسخیر چھےٚ بڑٕ نہٕ ہیٚتہٕ مُلکچہ ثقافتی تشکیلتٕ اُستواد ہموار بناوٕنہٕ آسان۔ تلوارٕ برونٛہہ چھُ قلم یہِ کٲم کرٕنہٕ باپتھ ہوٚل گنٛڈان۔ سماجی دیوول چھُ سیاسی برتری ہُنٛد بیشِن ٹھیمہ بنان۔ اوٚدے ژھوٚکہ کیوٚد ہیٚنٛدٕ راج تہٕ سُلطانٕنی حیکوٗمژلُب جوانی۔ پیٹھہ ہاٹ دِتہٕ چھہ تاریخ بناوان۔ پرانہٕ قدر چھہٕ اچھہ وٕٹنہٕ پژھان تہٕ نوٚو چھہٕ اچھہ ہژرادان۔ یہاے اَتھ کیتر گنٛدُن چھُ کلچرس زنٛدٕ تھاوان۔ سورُن مکاش چھُ۔ ژھوٚپہ ہار وُنیس پرٲگا شِشس زٔلمٕ دِوان۔ یوٚدوے اَتھ ہٹھ لہ ہٹھ لہ منٛز لوٗکھ کیٚشرٕس دٕقٕتٕس کٲشرٕس ذِہنس کٕھٹہ کوٚشش۔ مگر قوم درتی داناٰو اَتھ پژھ گرِی کہِ یہِ دیکھیوٚ وٲلی وٲلی۔ لل دید تہٕ علمدار کشمیرُن کوٚر یہِ نٔے داٰیی فرض تشوٗپہ دار پاٹھی پوٗرٕ اکھ تیتُھ ماحول پیوٚ ہتھنہٕ کہ ہیٚنٛدوٚ تہٕ مُسلمان گٔے پانہٕ واٰنی شیرو شکرٕ کٲشُر یوٚکُر بنیٛزان۔ دِلچسپ دُبرایوٚ پراٰو شانتی تہٕ سوٚکون۔ یوٚدوے سیاسی پاکراو زمین جاے تہٕ اِنسان مگر سٲنِ کلچرُن تھوٚد دلُن تہٕ دماغن ہِشر پرٕنہٕ حِفاظت۔ پمہ کھیٚتے تہٕ کانہہ نہٕ کھرٕ یکھ۔ منٛدر آیہِ پھناوٕنہٕ مگر تِتھوٚ جایہِ پیٹھ آیہِ مسجد بناونہٕ۔ تقدُس تہٕ احترام رُود بحال۔ شیٚنکھ شبد بدلہِ آیہِ بانگ بارسس۔ ہیٚنٛدی یاین سیرٕ نہٕ پیٹھ پاٹھی کانہہ تہٕ دِلخراشی۔ سیاسی

---

[1] Noor Nama. edited by Shri Amin Kamil. Shruk No: 12.

جوڈوگری پیٹھ نہٕ سائنس ہتھ شدہ طرزِ فکرس پیٹھ حاوی۔ اَتھ وِگنیارس
منز کرٕ لل دیدِ شیو متچ وضاحت تہٕ ہیٚنشدین منز یوسہ دین ایماینچ کمی
آس باسان سہ واتہٕ ناوِتھ بیٚیہ ہینس پرانس عورو جش۔ علمدارِ کشیرن
سٕنگہ لوو اسلامک تزر شیٚہلہ سادرِ دار آبہٕ سیتہ تہٕ لوکن ڈیتن اسلامک
اصلی سبق۔ مزر دراو پوت تہٕ رزر روٚد کاشرین منز بامقصد رہبری
کران۔ یہ رزر چھُ لچھہ نوو۔ یوٚسہ چھُ روحانیتک مول۔ بودھ وٚوت اَتھ[1]
ترس تہٕ گیان۔ شیو مت اعتمادس یا 'سواتنتریہ'[2] ویدانتیو تت توم اسی[3]
منصورن انا الحق تہٕ اسلامن تقوی[4] تہٕ اخلاص۔ ناو گژھہس وادراہ
مگر خوشبو روزس ہیٚنی۔ اَتھ منز لس واتتھ چھہ دین درمچہ مجازی
ہانکلہ پانٕی پانے ڈسی پیوان۔ ڈنی یاوی بندشہ پاش پاش گژھان۔ پنن
زان گیہ ذاتِ پاکچ زان۔ انسان چھُ شہجارک ہنا من بنان۔ انسانی
قدر چھہ جہار پراوان۔ ہیوٚند چھُنہ ہیوٚند روزان۔ مسلمان چھُنہ مسلمان
اوسے نہ چھُ مسلمان بھگت پٹھان صوبیدار علی مردان خان شونامتھن
درشن پراوِتھ ینس خابس یہ فارسی جامہ پارادان:

ہما اصلِ مہیشر بود   شب شاہے کہ من دیدم
ز عکسش جامہ بر تن بود   ز نارش ہار بر گردن
روانش گنگ بر سر بود   شب شاہے کہ من دیدم

---

١ Dhamma Pada. I. 203
٢ Shiva Sutra I, 18
٣ Badrayana's Vedant Sutra No: 21
٤ Alquran 22:37; 22:32; 39: 2-3

اَکھ وُنیشہ چھُ ہیوٗنہ مُتلاشی تہٕ طالب (غالبن تام رام زُکی)

یِتھ یارایہ منز یٚیبر ژھٕٹان:

محمد شمع محفل بود ۔ شب جائے کہ من بودم

خدا خود میر محفل بود ۔ شب جائے کہ من بودم

اَمہ علاوٕ لیکھو ہنٛدٕ نوٗ درود، مُناجات تہٕ نات تہٕ شریف فارسی
تہٕ کاشرس منز۔ اَتھ روحانی منز لسّ وأتیتھ چھُ دین ایمان انسانیت
بنان۔ پرزنہٕ خفزر چھُ یتھس رأیہس گنتھ کران۔ آمیک دیکور کڈن
گوٗ عری خان۔ ہنٛج گرٛچھ چھُ گاہے سنسکرتس گاہے عربی فارسیس منز
تالہٕ تام یتھ وڈانہٕ ٹکنس مجبور سپدان۔ یوٗ ہے وجہ چھُ زِ سنسکرت زبانہٕ
ہُنٛد اَکھ مشہور گوہ نہٕ مات بھوبوتی چھُ بافخریہ فرماوان کہ یمھین قدیم
تہٕ آدنکین رٚیشن ہنٛدس کلامس پتہٕ پتہٕ چھُ مانے دوان۔ تہنٛدس
دکھتس چھُ سنن تابے روزان[۱]۔ اَمیُک زنٛدٕ مثال چھُ شیخ العالمن ہنٛد کلام
یتھ منز انسان پرزناونہٕ بایتھ اَکھ باوزن لولہٕ ہوت سِر چھُ ژھیپتھ۔

شے ژالہ نیٚنشد یتمہ دوٗو ہیوٚے

ژار تھ کڈِ یس ہاہہ کأنی

سونتہٕ یتمہ دوٗو تہٕ ہرد تمہ توٗلے

لأگتھ جنتس ژاو واتی[۲]

بہ ادس شہ سبق، سحہ تالیم، شہ وہ ہدیش یُس ہینٛدہن

---

۱ Uttara Ramacharita. I,1;

۲ Noor Nama. Shruk No: 114.

ہیٚنٛز وَنیہ تام شرٛوٚپمت اوس۔ دھرم شاستراوس زٕز روٗس اِنسانس نٮ۪کی بس
گَنٛڈنہٕ باپتھ یوٚہے پرٛزٕر باوان۔ اَوَے چھ ہُکھ باسے یِہ نہٕ پنٛڈٕتن شیخ
العالمس نٕہٕ ابھنوگپتس منٛز کانٛہہ تہٕ فرق۔ تمہ شنٛد پٕژر اوس وہنی
علمدارِ کشمیر کاشرس منٛز وارٕ وارٕ سمجھاوان۔ دِل دِتھ ویرٕژھ ناوان۔ للہ ہنٛدٕ
دوہنٕ دام نیشہٕ ناوہِ ییتھے پانٛژھ شیخ العالمن۔ نُنٛد ریشہ دیٖر
ڈُنٛگ اُتھ وایٕ فنیہ کیس آٔتھ روٗس شنٛدرس آنٛدر۔ ہُنٛک پمپوش پھیوٗ لیود
پُنٛڈٕ تو شوٗر تہٕ پٔزر اُمہ شنٛد پنٛڈٕتی ناو۔ یہ اوس سہزانند۔ شُکرٕ چھ
لا بُدی انتہا چھُ تقدس آسان۔ تتھ کرٕ ہِتھس سمیس منٛز ییٚلہٕ پنٛڈٕت
اُسہ دِیہ لد گگرن ہنٛدہ پانٛژھ ژھیپہٕ ژھیپٕ کران۔ یمہ نوٗرُ دین ولی
صابُ ہتھو ہیٚن امریتھ ہیوٗ کلام لوٗکن آیہ تن۔ ساداتن ہُنٛد ڈیتن
ہیٚن سینہ بے خوف پانٛژھ۔ ظُلمُک ہوا نواسو بسٕر لیود۔ بائے برادری لوٗگ
پھیٚریٚ یٚنٛدٕ تو نرٛو پھیرکیہ تہٕ لگو نٕو سِرٕ لوٗکھ تہٕ پرٕ لوٗکھ شیرنہٕ یشبانیہ
ریشو دار منشکیہ دُبارٕ۔ سانہٕ کلچرچہ وٮ۪نتھ پرٛاوٕ نٔو رفتار۔ یوٚہے
نادکیا نٕز آدی ہنٛد باپتھ ژارنہٕ۔ اَمیُک تفصیل چھُ یہ:

سہزانند چھُ اَکھ سنسکرت اصطلاح۔ یہ چھُ سہج تہٕ آنندُک
مرکب۔ یوٚدوے اَسہ گژھ ہمانٛتن ہیٚنٛز ورق گردانی کرٕنہٕ امیُک مطلب چھُ
دوہ یُس ہُنٛد پہٕ گٔھت سپدان۔ اول سہ آنند یا ذہنی انبساط یُس زٕ ژمنہ
وزٕ پرٛاونہٕ ییہ۔ دوٚیم ہُنٛد سہ خوش تہٕ خوٗرم کیفیت۔ یوٚہے کانٛہہ عارف

---

Jona- Raja Tarangini. Verse 673. ۱

گرٛنٹھٕ اَنوارٕ لگنے پٕراو۔ یہِ کماونہٕ باپتھ پٔتیہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ مُشکل تہِمس بُتھہٕ
زٕنہٕ وُز یمہٕ پاٹھۍ حسأسیت تہٕ جِبلت ہٕنہٕ ہٕنہٕ چھہٕ بالیغ بنان
یتھے پاٹھۍ چھہٕ یہِ سہزآنند تہٕ لوٗت لوٗت پۄری نٕراوٕ یتھہٕ ہنہٕ جیپن دۄبرا
روٗنہٕ لأگِتھ وُزناوان تہٕ تہِمس ذاتِ پاکہِ بسہز زان کرناوان۔ یہِ چھُہ
فی الحقیقت سُہ قرینہٕ آسان، یُس موٗحدوٗد چھُہ لاموٗحدوٗدس کُن داروان
نکھہٕ والان۔ بور چھُہ لوٗتان۔ انسأنی دل تہٕ دِماغ چھُہ اَکھ لازوال فرحتھ
لبان۔ مگر ڈِکشنٕریَن ہیندیہِ ہِم مانے کرِن نہٕ اَمہِ اَتھیتھ کانٛہہ تہٕ رہبری۔
تہٕ کیازِ یمَن دمہ شیوٕ نی لفظَن چھُہ تصوٗفس سیتۍ ناد سرٛوٗن واتھ۔ یتھہٕ
پاٹھۍ چھُہ یہِ صاف پاٹھۍ واضح سپدان زِ کأشرِین پنٛڈتَن اوس شیخ
العالمس سیٹھا یژھ تہٕ اِحترام۔ اَمہِ خأرجی شہادت چھُہ اَمہِ
فارسی تأریخو منز میلان۔ پیر حسن کھویہامی تہٕ عبدالاحد آزاد چھہٕ قمطراز
زِ پنٛڈِتو کوٚر یمَن سہزانند ناو۔ کینٛہہ ریٚشہِ ناہہ چھہٕ اَمہِ سنسکرت
ناوُک ذِکر کران۔ داخلی شہادتھ چھُہ اَمہِ برونٛہہ کنہٕ علمدارِ کشیرُن کلام
یتھہٕ منز پنٛڈِتی تہٕ سنسکرتی وِکھن چھُہ غأر مُبہم پاٹھۍ درج۔ پنٛڈِتَن
ہنٛزِ باما نے رہنمأیی باپتھ کوٚر تِمو سنسکرت تہٕ پنٛڈِتی کأشریک بیے
پھیر توکہٕ پاٹھۍ استعمال:

کیو لی کوٚت نیرِ کہہ پنہأنی[۲]

نرأیتھ شرکہ مُرہ تہٕ گرٕبار[۳]

---

Sir M.M. Villiam's Sk/Eng. Dic-[۱]
tionary.

[۲] یہِ گرٛنٹھ پنٛہانی آسُن[۳] دِرِس چھُہ "گیٖہہ بار" (ترتیب کار)

پم کُس بارِ لَدِ کھ پاپاؤنی

بار خھدایا۔ پاپ نِہوار[۱]

وسہجؔ، یا سہج لفظ چھُ واراہ کالہٕ پیٹھٕ ہندِ آمُت تیٖنٕژ
چھ اَکھ سہ خھدٕ بیدآری ہُند مُقام مانان، ییٚلہٕ کاٗم کرٕن والی اُستخان
تہٕ اصیل زان کرٕن والی عضو

چھ ہم آہنگ سپدان۔ ییٚلہٕ یان تہٕ وونہٕ اَکی راہ تراہ یکس[۲]۔ بود چھ
اَکھ سہ مرتبہ مانان ییٚلہٕ زان     چھُ نِروان یا پتھ وٚتھ پانہٕ ہموار
کران۔ اوسے تہٕ چھُ اَکھ سہج یان یا مہایان وَننہٕ آمُت[۳] شوِ منکو
پاٹرو چھ اَکھ سہ فطری حالت سمجان، ییٚلہٕ خھدٕ آگہی     تہٕ
آتما (پننٕ پان) چھ ہم نام بنان[۴]۔ ویدانت چھُ اَکھ سہ منزل وَنان
ییٚلہٕ مایا ہُند بُجہہ ترہہ چوک ابدی گیان چھ زٕنژو سیتھ چھُ پوٗت
پہوان تہٕ موحدو تہٕ لا موحدو دٕکو بنیہ چھ گُنیہ تہٕ مُشکلہ یا گٹہ زوہ ورائی
بدر کڈنہٕ پیوان۔ اتھ چھُ یہ ژینوٗنی لگان کہ سُہ چھس یہے[۵] پموسارہٕ
درمو چھُ اوسے یہٕ۔     SAHAJ     شہجٕ تہٕ وِد کھرُ ورائے

طریقہٕ قرار دِینمُت۔ چونکہ سانہٕ کلچرہ کیو پمو انگو چھُ سہج لفظ

---

a. Malini     ۲. Noor Nama. Shruk No 17     ۱.
Joya Tantra. b. Devi Rahasyam c. Vij-
nova Bhoirova.
a. Dhamma Pada. b. Vinaya pitika     ۳.
a. Shiva-Sutra. b. Parmartha Saara     ۴.
c. Tantra Loka.
a. Vidanta-sutra. b. Shankara-cha-     ۵.
rya's commentary. c. Bhagvad Gita.

اَکی ژرایہ وہرٕ ھنود سُت تہٕ اِستعمال کوٚرمُت۔ اَوَے آیہ شیخ العالمس
اَتھ سیٚہج یا سہز لفظس سیٚتھ وابستگی ظاہر کرٕنہٕ۔ یمہٕ پتھ پاٚٹھۍ آیہ
تانترکی، بود، شیو تہٕ ویدانت اَکی پُہج رٕژر ناوتہٕ۔ یہ لفظ اوس
تیٚتھ یُس یمن سارنٕے فرقن ہُوٚے ژُھٹھ اوس۔ یمہٕ پاٚٹھۍ روٗد
علمدارِ کشمیر یمن سارنٕے ہُنٛد عزیز۔ پنڈتن ہٕنٛز باہوش داناٲیی پزٕ
داد دِنی کہ یہ لفظ ژاآرِتھ کھور تِموٚ شیخ العالمہٕ سٕنٛد مرتبہ تہٕ سیٚتھ
دُنیتھ مذہبی ژُکھہ تہٕ جکیہ کھوٚر۔ اَوَے روٗز یہٕنٛز اعلا ذاتھ یمن
مختلف طرز فکرن میٚثُل کرٕنہٕ باپتھ اَکھ زوردار علامتھ۔

علمدار کشمیرس تہٕ اوس یہ لفظ واراہ ژُھٹھ۔ اَمیک اِستعمال
چھُ تِموٚ جایہ جایہ کوٚرمُت۔ یِم اُسی تن شُرکو یا پنڈتی کلام سنسکرت
عربی یا فارسی 'سہز' لفظ چھُ یتھ تیتھ پاٚٹھۍ یمن ہنز ژاننہٕ آمُت
شاید تِم تہٕ اُسہٕ اَمہ لفظچ تیمہ ژھایہ گرایہ پوٚر پاٚٹھۍ سمجان یمیُک
حوالہ اَسہٕ ہیٚبر کتہ دٕیت۔ یمہٕ پاٚٹھۍ کرٕ تِموٚ تہٕ ہیٚندین خاہ تِم تانترک
یا بیٚین فرقن سیٚتھ وابستہ اُسی ہیٚشی دلجوٚیی۔ یوٚنے یِہ اسلامی
عقیدن سیٚتھ تہٕ کوٚرُن اَمہ لفظک میوٚٹھ واٹھ:

"حضرِ رسولس کامت ژاجی
ژٕ نتس سوٗزُتھ سہزٕ قُرآن[1]"

'سہزک' کیاہ شروٗژ تہٕ شروٗن مطلب چھُ اَمیتھ واضح کرٕنہٕ

---

[1] Noor Nama. Shruk No. 17.

آمُت، اِلہامی

بیٚیس جایہ چھ شیخ العالم "سہز" لفظُک پٲٹھ استعمال کران:

"سہز ییم صاحبس گارن نہ

تم سورُے ویشدن ساس"[۱]

یمیٚتھ چھُ سہزُک مطلب سہز وہ پانہٕ یا زنہٕ پیٚھئے پانے گوٚڈ

شری امین کامل صابن یُس نور نامہ ترتیب چھُ دیُتمُت تتھ

منز چھ یمہٕ کُن نوٗ موٗنہٕ پانیٛتھ سنسکرتی وینڈتی کلامہ نہٕ دِنہٕ آمُت

کامل صابن زائے چھ کہ یہ چھُ سبھاہ پرون کٲشرٕ نہٕ اوٚتے سمجنہٕ

پانیٛتھ وارا مُشکل۔ اتھ ضمنس منز دُنوٗ اَسو صرف یوٗتے یہ اتھ منز چھ

سنسکرت لفظ کٲشر تلفظ سان بکثرت استعمال کرنہٕ آمتی۔ یمیٛک وجہ

چھُ واضح مُشکل چھ صرف یہ کہ ننہٕ ہنٛد کلامہ چھنہٕ رٕتی پانٛچھ تحریر کرنہٕ آمُت۔

لفظن ہنٛز ٹُنہٕ واٹہٕ چھ یہ گرٛد بڑ پاڑٕ گئمژ۔ فارسی رسم الخطس منز چھ

تھمو لیوٗ لکھمت ییم سنسکرت اَسہٕ نہٕ زانان۔ سو جبے اَسہ ہوٗ چھمژ یمتھ

منز کٲشرٕ پٲٹھ سنسکرت تہٕ اوس لیکھنہٕ یوان۔ مثالہ چھ ویمہ:

لیکھنہٕ چھُ یہ آمُت:[۲]

ان تہہ کلینی چیتن ہیی  پرہ پرکاشے تر یہ دن پشی

تت پرکاش ان تہہ دسی  سادہ پزی سہزا کرسی[۳]

---

۱. Introduction Noor-Nama. Page 10

۲. Ibid. 178

۳. NoorNama. Shri Amin Kamil Page 285

گرٔنتھ آسن یتھٕ پاٹھؠ :

اننتہٕ کالٕی ژٕیتِن    پرٕ پرکاش تریہ دن پشی
ست پرکاش ننتہ نو    سادٕہ پرٕی سہزا کری

"اسے نیک صفت اِنسان ژٕ ییٔ چھِ واجب سہ پزادیٔ بابتٕ پننی فطری قوتھ تمس کُن پھرِنی۔ ننتہٕ ژٕ روزکھ مرنہٕ ووز ( اننتہٕ کالٕی تہٕ دُنیاوی لوٕ لنگرس ماتم کران۔ زنانہٕ تہٕ دولتس پشان۔ اُتھ و تُو شیطانٕی سایہ ( پرٕ پرکاش )۔ اَوٕسے روزکھ ژٕ تمہ نوٗرٕنٕس محروم یُس زانہہ چھُنہٕ ژھوکان۔ ( ست پرکاش )"

۲، لیکھنہٕ چھُ یہ آمُت :

ریچک پورک کنگ نزاشک    وگہ رگن چین دشمو وار
گلنا واری خمو خم پاشک    ات چھ دور لب سہزو ژار[۱]

گرٔنتھ آسن یہ :

ریژک پُورک کوٗمبک ژاشک    وگہ رگن چین دشمو دوار
گلہ ناوٕ وارے سُوٗ ہم پاشک    اُتہٕ چھےٗ نہٕ دوٗرلب سہز وژرا

" ریچک۔ پُورک تہٕ کوٗمبک " ( شاہ نمبرٕ تہٕ اندر کڈنٕی تہٕ ننی، یوٗگ ابیاس۔ پرانایام ) یوٕ پاٹھو قوٕبو اُنہہ۔ شاہ نالین ( رگن ) منزٕ وننہٕ وتی ننھ اُتٕن ہیم ڈیمس دروازس توٗ نس منزٕ تہٕ چین امرہ بتہٕ ( یوٗگی چھ اتھ منی پوٗرک ناوٕ دِوان )۔ یہ "سوٗ" ( شاہ اندر نین تہٕ "ہم" ( نیبر

---

۱ Ibid. page. 286. Verse No. 3.

کڈُن اَکہِ باقائیدٕ مشقہِ مُطابِق ) کرِ ختم مُکمل پاٹھۍ دُنیاوی زالن ۔ یہ پراوُن چھُ سیٹھاہ کٹھُن۔ مگر سہزٕ ویژارتمِس ذاتِ پاکس سیتۍ زیٛمہ پیٛچھے لوے نعوسے یتھاوُن روز کامیاب بناوان"۔

یتھۍ پاٹھۍ دژ علمدارِ کشیرن سہزٕ ویژار۔ دیان، گیان، یوٗگ تہٕ پرانایام تٲلیم پانہٕ پنڈتن یتھ چھُ سہل پاٹھۍ تھنۍ شدہٕ، ٹاکہِ مترٕ ژۅٗم روومُت۔

" نفی اثبات صحی گوٗرُم

وحی گوٗرُم پنُن پان

وجوٗد ژاڈِتھ موجوٗد روٗزُم

اَدٕ بۄٚ ووتُس لامکان"[له]

یوٗہے گو سہزٕ، اَتھ وَنو سۄ مُقام پالُن ییٚتہٕ انسان سنزٕ منیچہ تارٕ ونُن پاٲنۍ پانے تہٕ سۄ زَن سُہ حقیقی ماوُدیُس پراوُن چھُنہٕ تیوٗت کٹھُن تہٕ مُشکل۔ موٗحدودس تہٕ لاموٗحدودس مابین یۄسہٕ مسافت چھےٚ سۄ چھےٚ سہزک گژ سیتۍ ییٚنہٕ یوان۔ یہ چھُ یبلت، فِطرت تہٕ قودرتُک اِلحاق یُس اَتھس منز اَتھ رٹِتھ چھُ انسانس خود شناسی ہُنڈ لازوالُن عطا کران۔

وۄنۍ کرو اَسۍ آنند لفظِچ وَکھنۍ۔ تمۍ زَن منز چھُ 'آنند' تمِتھ ذہنی حالتُک دَنان، ییٚلہِ یکسو گژھتھ چھُ خودایہ سٕنٛدِ نیک بندٕ دُنیاوی

---

آلائشو نِش پاک سپدِتھ چھُ اطمینانِ قلب پْراوان، یِتھ بیان کرنہٕ باپتھ چھِ زبان بیکار بنان۔ یہ گوٚ کلِس گوٗر کھیاوِتھ پْرژھُن امیُک مزٕ کیُتھ چھُ بٕہ۔

شیو چھِ اَتھ منٛز سعہ اوستھا مانان۔ ییٚلہِ قووت ارادٕہ۔ قووت شناخت تہٕ قووتِ عمل چھِ خود آگہی نادلایان۔ تلوطُم چھُ شمان بُتہ سکوٗنٕ ابدی چھُ میلان یُس سوران چھُنہٕ زانُھہ۔ منُک ژونگ چھُ زٕ بہٕ تہٕ زوٗلہ تہ آوِتھ اَکی ژرایہٕ زوتان۔ پْراکاش ژھٹان۔[۱]

بودھ چھِ اَتھ تتھ ذہنی حالژ سیتی مشابہتھ کران، ییٚلہِ نِروان پْراوِتھ چھِ دُنیاوی سعہ کھ دوہ کھ ژھیتہٕ گژھتھ منس سعہ شانتی دِوان، یمہٕ سعہ اچھ کھوتہٕ موٚدُر چھُ۔ " دھمہ پاد" چھِ اَتھ ضمنس منز وَنان:

"سُے چھُ آنندُک باگہ دار بنان ییٚمہ شُندِ من، زبان تہٕ عمل چھُ شانت پٔز گیانہٕ سیتی۔ پٔور پانٕ ژھوٚ آزاد، مُکمل پانٕ ژھوٚ پُرسکوٗن تہٕ بَرٛز پانہٕ ربط تہٕ ضبط پالن وول"۔[۲]

ویدانت چھُ آنندس سعہ داخلی حالت مانان، ییٚلہِ منوش چھُ تِتھ پانٕ ژھوٚ اَکی رنگہ رنگنہٕ یِوان، یِتھ پانٕ ژھوٚ داوِ رٛوس جایہ چھُ ژانکھ ریہہ سانکن تہٕ تانٕیتھ روزان۔[۳] خارجی تفکراتن، دُنیاوی چھِشنٕ تہٕ

---

a. Vijnava Bhairava. b. Tantra loka. [۱]
c. Malini-vijoya Tantra. d. Tantra soara.
a. Shivasutra Vimorshini b. Para Trimshika c. Pratyabhijna Karika. [۲]
Bhagvad Gita. II 65. [۳] Verse. 185 [۳]

فرٟیبن تہٕ مایا زالکہٕ والہٕ واتِھ مُشراوِتھ منساوِتھ ییٚلہٕ اَندرِم زٕ نیٚتھ رٕچھ وُہنِو ہیوان تہٕ یہِ مُقام گو آنندُک ، ابدی سوکھ یُتھ نہٕ سور ووٚنی شانتی ہُنٛد یُس شیخ العالمن چھِ امی ذہنی کیفیتکہ بابتہٕ ییتھہ پاٹھۍ تاریف کرِمژ

" سورُے پانے وُچھان چھےٚ پانس
ذاتس لَبہٕ نہٕ نیٚندر نہٕ کھین
ییٚمہٕ نہٕ ذیان کوٚر زانہٕ اَمہٕ گیانس
اُنس چھےٚ ہوٚسے داتھ کیا ودِن "[۵۱]

اَتھ منزٕ لس ییتھ ہم کنار سپدِتھ چھُ عارف تمہِ لازوال آوازہٕ ہُنٛد مرتکب بنان ، ییٚتھ یوٚگی ' صدائے سکوت ' یا ' انائیت ' پچھ وَنان ۔ نہٕ سُہ چھُ زٕگتک گوٚر بنان ۔ اوٚسے رِچھ شری کرشن مہاراج ہیٚنٛدس شاسترن منزٕ ' آنند گتش ' لقبہٕ سیتھ نوازنہٕ آمتیٚ ۔ یوٚہے گوٚ اطمینانِ قلبُک موٗل تہٕ آگُر ۔ سمسارس پٔرٕ تالیم دِنہٕ ودل چھُ آنندُک مُجسمہ آسان ۔ اَوسے گوٚر کاشرہٕ بوٚپھٹو ریشخ العالمس ' سہزانند ' ٹوٚٹھ ناوہٕ ۔ ' آنند ' دشا یا ذہنی حالتھ چھِ تنترن ، بود درمس ، شیومتس نہٕ ویدانتس منٛشی ژراے طاکٹھ نہٕ میٚبھٹ ۔ اوسے بنیوویہ سہزانند ناو سانہٕ کلچرُک قدیم زمانہٕ پیٚٹھٕ اَزتام اَکھ بار آور نمائندہٕ ۔ سانہٕ کلچرچ وییتھہ گوٚ اَکہٕ نوٚو یارُبلک اضافہٕ ۔ اَتھ روٗحانی وَتہٕ پیٚٹھ کھوٚر بیاکھ میلہٕ پیٚٹھ ۔ یہ اُسی اسلامُک نافراموش دیت ۔ اُکی باوصف مُسلمانن ، اُکی بے پایہ اِنسانن گوٚر

---

۵۱ Noor Nama. Shruk No: 214

آمیٖنگ دٕسلابہ۔ پرون تہٕ نوُوٗگٕے شیرو شکر۔

دسہزٕ، یا سہج یوٗدوٕے خارجی قووتن ہُنٛد مجموعہ چھُ تہٕ آننٛد چھُ داخلی تسکینُک لُب لُباب۔ ظاہر تہٕ باطن چھُ اَکھ ناوس سجدہ کران۔ قول تہٕ فیصلہٕ ہم آہنگی چھُ اَمہ ناوُک اصلی حاصل۔ علم تہٕ عمل چھ اَمہ ناوٕچ کونٛج۔ یوٗہے اوس سُہ پس منظر یتھ تحت ہیٚنٛدو علمدارِ کشیرس یہ رٕتھ وُن لقب دِیُت۔

علمدارِ کشیرن پانٕنوٕ یہ پنٛڈتی ناو تہٕ۔ وارٕاہن شُرٕکن منٛز چھُ تِہنٛدٕ "سہزٕ" لفظ یتھ پانس خطاب کوٚرمُت۔[1] صاحبِ بصیرت خوٗدا دوس چھ سُہ مومن یتھ تہٕ احترام دوہ ژہ دوہ ژہ جیوان یُس تیمن نِش کُنہ طرفہ تہٕ ییہ۔ تیم اُسٕ تِن شیخ نور دین، ننٛدٕرہ ژیوٗش یا سہزانند تیمن چھُ سہ نِش تہٕ سرتلہ منٛز زان کرنیچ اَکھ باہ اختیار صلاحیت آسان۔ سو تِہٕ ہیٚنٛدٕہ وارہ رنگ چھ چھیکرس اَکِس سفید رنگس منٛز جذب سیدان۔ وکھنُک عنوان یوٗدوٕے بدلہٕ تہٕ مگر متن روزِ سُے رُوحانی بھرز تہٕ بجر:

"کام کرٕدٕ لوٗب موہ اہنکار چھے  
دوزخی نار چھے دِوان بڑائے  
کرٕ یہ تہٕ کارن دوہ نداد ار چھے  
چندس دِیار چھ مہ کر ضائے"[2]

ہیٚنٛدو شاستُرو بادِیہائے صد اقتہ۔ قرآن کریم رُودُ اَتھ

---

[1] Ibid. Shruk No. 47 [2] E.g. Shruk Nos: 310 etc.

تٲلیمہ پیٹھ ثابت قدم۔ شیخ العالمن کرٕ اَتھ باوژن تہٕ بار آور وِکھنے کاشُرِس منز۔ دِلن پیٹھ زٕناو دیِت دُبرایے۔ راز ہوٚتُر پشہ کہ پاٹھی کوٚر تِہمو دود تہٕ آب بٹیون بٹیون۔ گلہِ گلہ دوہ دچاوِن اُسہِ کاشُرِ۔ دوہ ژھ دوہ ژھ پونی بوٚوُت وِیٚتچہ۔ یہ روزِ اَوَے گرٚبزان تہٕ بڑیِزان سانہِ کلچرچ علمبردار۔

" دٕمہ دٕمہ کوٚر مس دمن ھالے
پرزلیوم ژونگ تہٕ نینیم ذات
اَندریُم گاش کیھہ نبرژ الے
گٹہِ منز روٚٹُم تہ ژاون کیات[1]

اَتھ وَنو ھیندین ہُنٛد "تمسو ما جیو ترگمے"
اہلِ اسلامک ظُلما تہ ژھیٹھہ نورُ۔ نورٕ علی نورہ
یوٚہے وہنزودو شیخ العالمن گٹہِ منز گاش نبرژ ھیٹھہ۔ اَوَے تہٕ چھُ
سانہن کوہ تینٛتالیس پیٹھ ساذروار روہ چُپ شیتن اَمہِ سکلی گوہ لاٚبی
پڑا کاشہِ سیٹھو دوہ شلان تہٕ سانہن دِلن تہٕ دِماغن مُعطر کران روٗد
پنٛڈ تو کوٚر اَوَے سہزانشہ نین گوہ تن نمسکار۔



---

Ibid. Shruk No: 23. [1]

# حضرت شیخ العالم تہٕ مُتکلمین

پروفیسر غلام محمد شاد

طبقہ وارِیَت تہٕ اسلام چھِ زٕ متضاد نظریہٕ۔ اسلامس منز چھُنہٕ کُنہ تہٕ
بُنیاد یا ز ، ییمہٕ طبقہ بندی ہُنٛد ژُھ بوٚڈ میلان۔ نہ چھُ اَتھ منز سیاسی سردارن ہُنٛد
کانٛہہ طبقہ ، تہٕ نہ کُنہ مذہبی پیشوا ہَن ہُنٛد طبقُک وُجوٗد۔ قرآنَن چھُ بروٚنٛہہ کنہ
فاصلہ کوٚرمُت زِ خُدایس نِش چھُ سُے زیادٕ رُت یُس خُدایس زیادٕ کھوژان
آسہِ۔ اِنَّ اَکرَمَکُم عِندَ اللّٰہِ اَتقَاکُم۔ مذہبی درمیانہٕ دارَن ہُنٛد اکھ مخصوص
طبقہ ییٚمہِ پاٹھۍ یہودی، عیسائی تہٕ ہندو مذہبَن منز گۄڈٕ کالہٕ پیٹھے موجود
روٗدمُت چھُ، تِتھہٕ پاٹھۍ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ مذہبی طبقہٕ قٲیم کرنٕچ اسلامس منز
اِجازَتھ یا گُنجایش۔ قرآن تہٕ حدیث چھِ اَتھ مُتعلق بلکل خاموش۔ اسلامہٕ کس
ابتدٲیی دورس منز ہرگاہ زن عالِمَن تہٕ مُبلغَن ہُنٛد اکھ تربیت یافتہ جماعتھ
اصحابِ صُفّن ہٕنٛدِس صورتس منز موجود اوس۔ پوٚت تِم اوس نہٕ مذہبی ٹھیکہٕدار
یا بندس تہٕ خُدایس درمیان توٚلُق یادٕ کرنُک کانٛہہ وسیلہ یا ذریعہ۔ خلافتِ
راشدہس منز تہٕ آسن یِہِے نیٚچ تہٕ حالتھ۔ خُلفاءِ راشدینو منز تہٕ اوسنہٕ
کانٛہہ اَکھ معناہس منز مذہبی پیشوا مانیٚنہٕ یِوان زِ سُہ ہیٚکہِ ہے قرآنُک
کُنہ آیژ ہِنٛزِ آیہ کانٛہہ تفسیر کٔرِتھ یُس تہٕ جُمہور مُسلم عوامس قٲبلِ قبوٗل

آسہٕ ہے۔ یا یِمیُک حدیث شریفن یا اُسوۂ رٔسوٗلس منز کانٛہہ جواز آسہٕ
ہے نہٕ۔

خلافتِ راشدہ ختم گژھنہٕ پتہٕ کیس دوران ییٚہ منز آیہٕ مُسلمان
شہنشاہیت بارسس۔ اَتھ پادشاہی اوس ظاہر پاٹھۍ اسلامی پھیرن
لاگِتھ، یمہ کِنۍ امیُک اصل رۄپ واریاہس کالس کھٹِتھ رُود۔ اَتھ
دورس منز گۆے لیکھن پرن والین منز اَکھ لۄکٹ موکٹ تہٕ بظاہر نظر
نہٕ ینہٕ وٲجینۍ جماعتھ پٲدٕ، یِمو نوِن مسلمان حُکمرانن ہندِ خاطرٕ قرآن
تہٕ فرموداتِ رسولؐ غلط پاٹھۍ استعمال کرٕن ہیوٚت۔ تِمو ہیوٚت اَتھ
شہنشاہی خلافتُک رنگہٕ دِیُن۔ دین بنوو کٕہو حُکمرانن ہنٛز مرضی ہُنٛد
غلام تہٕ تابیٚن۔ یہ حالت وُچھتھ گٔے کینٛہہ باغیرت، دیانتدار تہٕ
باضمیر عالِم اصلی اسلامُک حمایت کرنہٕ خاطرٕ پننۍ زیوٚ تہٕ قلم استعمال کرنس
پیٹھ مجبور۔ تِمو کوٚر آنحضور صلی اللہ علیہ وسلم سٕندی فرمودات صحیح پاٹھۍ
جمع کرنُک سلسلہ تہٕ قرآن شریفس صحیح تشریح لِکھن نیشہٕ پیش کرنُک انتظام
تہٕ۔ اَتھ ماحولس منز یِمو تِمن وقتن کیس باطل تہٕ طاغوتی نظامس مُقابلہ تہٕ
کرٕن، یہ باطل نظام اوس ظاہر پاٹھۍ اسلامی، آہنگُک داوا کران۔ تہٕ نفس
پرس عالِمن ہُنٛد گروہ اوس مذہبی حکمتن اَلم غلم کرِتھ اَتھ نظامس اَتھہ
روٚٹ کران۔ امہِ لحاظہٕ گٔے عالِم دۄن جماعژن منز تقسیم علماء حق تہٕ علماء سو۔

اُموی تہٕ عباسی دورِ حکومتس منز آو دیانت دار، باکردار، تہٕ
باضمیر عالِمن کینہٕ گنڈ کرنہٕ۔ اَتھ وقتس منز چھِ اَسہِ وارہ مثالہٕ نظرِ گژھان
یِتھۍ زن امام ابوحنیفہ تہٕ امام احمد بن حنبل ہیو حق پرس عالِمو سیٚٹھا

تکلیف تہٕ ظُلم برداش کرِتھ مُسلمانن حُکمرانن ہِندِس جابرانہٕ نظامس مقابلہ
کوٚر۔ ییٚتھہٕ وۄپے حق پرس تہٕ صالح عالمو کرٕ غور و فکر کرِتھ ذہنی تہٕ روحانی
ترقی ہِنٛز نوٚو وَتہٕ تہٕ ذریہِ تلاش تہٕ پٲدٕ۔ ییٚتھی نے عالمن متعلق چھُ
آنحضور صلی اللہ علیہ وسلم فرمادان عُلماءِ اُمتی کانبیاءِ بنی اسرائیل
اَتھ برعکس روٗدی عُلماءِ سو یا نفس پرس عالِم، دولتھ، ذاتی
وجاہت تہٕ اقتدار حاصل کرنہٕ خاطرٕ مذہبس دوہے نیتھ ہیوان۔ قرآنہٕ
حدیثِ رسولؐ پکہ نوو تِمو پننہ مرضی پیٚتہٕ پیٚتہٕ، ظالمن تہٕ جابرن وون ییٚتھہٕ
وۄپے نفس پرس مُلو اَلسُلطانُ ظِلُ اللہ۔ ییمہ کنہِ آسہ ناممکن خلافت
راشدکس زمانس منٛز ییٚکیاز خلیفہ اوس اسلامُک محافظ مانہٕ یوان۔
خلافت ختم گژھنہ پیٚتہٕ رُٹ روحانی تہٕ مذہبی طور یہ جاے حق پرس عالمو
تہٕ روحانی رہبرو، ییمن اولیاء تہٕ صوفیاے کرام وَنان چھِ۔ صوفیاء
کرام تہٕ اولیاء عظام تہٕ حق پرس علماء روٗدی ہرووز نفس پرس عالمن بلکن
صوفیت تہٕ جابر حکمرانن خلاف جہاد کران۔

سوال چھُ پٲدٕ گژھان زِ عُلماءِ سو یا کاٗتیچ پٲٹھ مٕلہ کم گۓ
قرآن شریف چھُ ییمن ہِنٛز [illegible] تہٕ وضاحت ییٚتھہٕ پٲٹھ
کران تامرون الناس بالبر و تنسون انفسکم (بقرہ ۴۴)
(یِم چھِ) لُکن نیکی ہِند واظ پران تہٕ پنن پان چھکھ مُشتھ گژھان۔ یا
تقولون مالا تفعلون (صف ۲)
تہٕ وَنان ییٚتھہٕ پیٚٹھ نہٕ پانہٕ عمل کران چھِ۔

بیٚیس آیہ کریمس منٛز چھِ ییمن ہِنٛز ذکر وضاحتہٕ سان کرنہٕ آمُت

إِنَّ كَثِيرًا مِّنَ الْأَحْبَارِ وَالرُّهْبَانِ لَيَأْكُلُونَ أَمْوَالَ
النَّاسِ بِالْبَاطِلِ وَيَصُدُّونَ عَنْ سَبِيلِ اللَّهِ ۔ عالِمن تہٕ عابدن
منٛز چھہ وارا تیتھۍ تہٕ ییم زَن تَگہٕ ڈموتہٕ ژھلہٕ ہیتھ لُکن ہُنٛد مال کھیوان
چھِہ، بیٚیہ چھِہ لُکن خدا یہ سٕندِ وَتہٕ نِش ڈلان۔ معراج چہ راتھ منٛز چھ
حضرتِ رسول اکرمؐ تیتھۍ کینٛہہ لُکھ وُچھِمٕتۍ یِہندۍ وُٹھ نارِ چھِہ ژٕکارہٕ سیتھ
ژٹنہٕ یِوان آسی۔ حضرتِ جبریلن وون پیغمبر کرمس زِ ییم لُکھ چھِہ تُہنٛد
اُمتکۍ تیم واعظ خان ییم لُکن نیکی ہُنٛد واعظ آسی دِوان۔ مگر پننٕ پان اوسکھ
مُشِتھ گومُت۔

احادیث پاکن منٛز چھہ مُلَن ہنٛز ذکر ذرا جاے وضاحتہٕ سان
کرنہٕ آمُت۔ آنحضورؐ آسی دارِ یاہ تیم عیسائی تہٕ یہودی مُلہٕ اَنٛدکۍ بیان
ییمو انجیل تہٕ زبور پننہٕ مفادٕ خاطرٕ کتنہٕ بینہٕ کوریمُت اوس، تیم آسی امیہ کنۍ
پننِس اُمتس اکثر و بیشتر مُلہٕ کۍ نِش بچنہٕ خاطرٕ ژیہنہٕ ونی دِوان۔ آں
حضور صلی اللہ علیہ وسلم چھِہ فرماوان زِ قیامتس منٛز گژھن تیتھۍ عالم
(یانی مُلہٕ) سخ عذابس منٛز گیر ییم تنہائی منٛز بڈٕ بڈ گنہ ناہ کران چھ
مگر لوکن سمکھتہٕ ورٕ چھِہ بڈٕ عاجزی نیزی تہٕ انکساری ہاوان۔
(غنیتہ الطالبین صفحہ ٣٧٤) یِتھے نٕے عالمن متعلق چھہ بیٚیس موقعس
پیٹھ رسول اکرمؐ فرماوان زِ "ییم دین لُکن فریب تہٕ دوکھ۔ دین کنیتھ
کران دُنیا یاہ حاصل۔ ظاہر پاٹھۍ آسن پرہیزگاری ہُنٛد لباس لاگتھ"
(غنیتہ الطالبین) بیٚیہ دوٕن حدیثن منٛز چھہ نفس پرس مُلن تہٕ عالمن
ہُنٛد کردار یِتھہ پاٹھۍ وضاحتہٕ ناوہٕ آمُت۔

عُلَمَائُهُمْ شَرٌّ مَنْ تَحْتَ اَدِيْمِ السَّمَاءِ مِنْ عِنْدِهِمْ
تَخْرُجُ الْفِتْنَةُ وَفِيْهِمْ تَعُوْدُ۔ (کنزالاعمال جلد ۶، صفحہ ۴۳،
جلال الدین سیوطی) اَکھ حدیث شریف چھُ حضرت علیؓ رٕوایت کران زِ
(آخر زمانکو) مولوی آسن تِھکو زِ آسمانس تَل آسہ نہٕ یِمن ہیوٗ کانٛہہ تہٕ
بدتر مخلوق، یِم فِتنہ تہٕ فساد وۄتھن تِم نیرن سارٕی یِمنے نِش تہٕ تِمن
مُنٛد بورُ تہٕ وبال تہٕ آسہ یِمنے۔

بیاکھ حدیث شریف چھُ یِتھ پأٹھۍ۔ تَكُوْنُ فِيْ اُمَّتِيْ فَزْعَةٌ
فَيَصِيْرُ النَّاسُ اِلٰى عُلَمَائِهِمْ فَاِذَا هُمْ قِرَدَةٌ وَّخَنَازِيْرُ۔
(کنزالاعمال جلد ۷، صفحہ ۱۹۰۔ مطبوعہ حیدرآباد)

فرمودُ پیغمبرِ خُدایَن زِ (بیٚلہ) میانِس اُمتس منٛز اکھ گبراہٹ
تہٕ پراگندگی آسہ، لُکھ گژھن مولوین نِش ملن نِش، مگر تِم آسن (ناگہان)
واندر تہٕ سور۔

مختلف بزرگو تہٕ چھے مُلن ہنٛد کردار وضاحتہٕ کٔرمُت۔ حضرت
یحییٰ بن معاذ رازی چھ فرماوان اِجْتَنِبْ صُحْبَةَ ثَلَاثَةِ اَصْنَافٍ
مِنَ النَّاسِ اَلْعُلَمَاءِ الْغَافِلِيْنَ وَالْفُقَرَاءِ الْمُدَاهِنِيْنَ
وَالْمُتَصَوِّفَةِ الْجَاهِلِيْنَ۔ (کشف المحجوب صفحہ ۱۳)

دوٗر روزٕو ترٛین قسمہ کیٚن لُکن نِش، غافل عالمن نِش مکار فقیرن
نِش تہٕ جاہل صوفین نِشہ۔

منٛز کالہٕ کیٚہ ہندوستانٕچ مذہبی حالتھ تہٕ اُس اَتھۍ نٮ۪ہجی پیٹھ، تتھ
دورس منٛز تہٕ اُس نفس پرس عالم، مکار فقیر تہٕ جاہل صوفی۔ تِمہ دورکی

مشہوٗر موٗرخ چھ مذہبی حالتہٕ پیٹھ پاٹھۍ بیان کران :

ضیاءالدین برنی چھ تاریخ فیروز شاہی منز بلبن پادشاہ سُنز زبٲنۍ یُہ بیان کران " عُلماء بر دو نوع اند عُلماءِ آخرت کہ خُدائی ایشان را از دُنیا محبت دُنیا و حرص دُنیا نگاہ می دارد و عُلماء دُنیا اند کہ ایشان از حرص و دوستیٔ دُنیا و طمع دُنیا ہمچو سگ تاختہ و پا سوختہ در سراہا می روند قضاء و بلاء و حیلہ و تاویل ہای زبان کار پیشہ و حرفت ایشان باشد "

(تاریخ فیروز شاہی صفحہ ۱۵۴ - ۱۵۵)

مشہوٗر روحانی تہٕ چشتی سلسلک بزرگ تہٕ شاعر حضرت امیر خسرو چھ وَنان۔

حیلہ گرانے کہ مظالم کنند | شرع بہٕ سخرۂ ظالم کنند
ہر زدۂ شبہ را دم نعمان دہند | کُفر مُلک را لقب ایمان دہند
و آنچہ کہ شبہ کار پریشان کند | آں ہمہ از رخصت ایشان کند
او فگند رمالِ کسان در مغاک | شاں ہمہ گویند حلال است پاک
علم نہ علم است پرارباب جاہ | جادوئے ہست از پئے تسخیر شاہ

(مطلع الانوار صفحہ ۶۹)

سانِہ کشیرِ تہٕ اوس تہٕ امہ حالہ نِشہ بچتھ ۔ ییتہٕ اکھ سوا کہ طرفہ علماء سوٗ، مال و دولتہٕ کِس محبتس منز گرفتار، پرزِس اَپزُس کرِتھ تہٕ اپزِس پوز ثابت کرنچ کوشش کران ۔ بییہ طرفہ آسہ حق پرس عُلماء، تہٕ صوفیاءِ کرام، ییمن اُسہ کاشرِ پاٹھۍ ریشہ وَنان چھ، ییمو کوٗر، نفس پرس عالمین، مُلن، تہٕ خود غرض پیرن تہٕ سادمکارن ہر قدمس پیٹھ مُقابلہ ۔

ڈاکٹر اقبال چھ مذہبی زندگی ترٛیٚن دورن منٛز باگراوان۔ "گوڈنیک
دور چھُ عقیدٕک، دوٚیُم، غور و فکرُک تہٕ تریٚیم دور چھُ انکشافُک" ساری
انسان چھینہٕ ہمیشہ سارِوٕے دورو منٛز گُزران۔ کاٛنٛسہِ اشتباہ رٕچھ گوڈنکیو
منٛزلس پیٹھٕے رٕہتھ گژھان تہٕ تِمن ہٕنٛدِ خاطرٕ چھُ مذہب ورانٛیتھ
اکھ جِسمہ ہیو بنان۔ تِم چھ رسم و رواجن ہٕنٛدِس چوکاٹھس منٛز روزٕنۍ
اصل مذہب زانان۔ دوٚیُم منٛزِل چھُ جادٕ یۍ یُس کٔرِ پوٚکھ تہٕ گُدرُک۔ امہ منٛز
گوڈ چھُ شک تہٕ بے یقینی، اَتھ منٛز چھ ٹاٹھی اعتقادس چھ کھہرنہٕ کھائی
ہیوان۔ اَتھ منٛزلس منٛز چھ عقلِ انسانس ژانٛتجکام دیہ، نیٚلہ چھُ ممکن
زِ انسان راوِ اَتھی منٛزلس منٛز۔ یُس امہ منٛزِ بلہ منٛز ژراوِ سُے چھُ لبان مذہبچ
حقیقت۔ یوہے چھُ سہ منٛزِل یٔتہِ نِس مذہب ذاتی حُسنِ عمل، سماجی نصب العین
تہٕ اجتماعی اخلاقُک وتہ ہاوُک بنان چھُ۔ تقریبن چھُ دُنی یہکِس تمام
مذہبن منٛز اَکِس ذاتِ مطلق، عبادت کہ اَکہِ نظامُک تہٕ اَکہِ اخلاقی ضابطُک
تصوُر موجود۔ اخلاقی ضابطہ چھُ مذہبُک رُوح، ہر تہٕ ترٛ سارِ نے عبادژ
ہُنٛد مقصد تہٕ کُنِس خودائس پیٹھ یقین آسنُک چھُ یوہے مقصد تہٕ آخری
منٛزِل۔ اَتھ اخلاقی ضابطس تحت روٗزتھ چھُ نہ صرف فردٕ سنٛز کامیابی
ہُنٛد دار و مدار بلکہ تمام عالم انسانیتُک تہٕ تمہِ کہِ زِندٕ تہٕ قایم روزنُک تہٕ۔
خودایہ سُنٛد مقصد تہٕ مُدا تہٕ چھُ یوہے اوسمُت یا پیغمبر سوزنس منٛز زِ انسان
سنٛدۍ اخلاق ین شیرنہٕ، تہٕ زندگی ہُنٛد صحی مقصد یمہٕ تِمس تھکہ تارنہٕ۔

---

a Reconstruction of Islamic
thought. (Is religion possible)

یہ وضاحت پٮ۪یہِ اَمہ کنہٕ ضروٗری طورٕ کرٕنۍ، زِ مذہبی زندگی ہٕندِس
سفرس منز پٮ۪یہِ مَلہٕ شُنٛد منزل جان پأٹھۍ تہٕ صحی پأٹھۍ وَنہٕ کَڈٕنۍ۔ وومٕنۍ
ییٚلہِ اُسو ملائیت یا ملہٕ شینز زندگی پرکھاوان چھہ، یہ چھہ شنز پأٹھۍ باسان زِ مذہبی
زندگی ہٕندِس سفرس منز گوٚ مَلہٕ گوڈٕ ڈٕنگۍ سے منزلس پیٹھ روٗدٕ، تِمو بنوٚو مذہب
گُرِن گِیٛنن تہٕ جایَن ہٕندۍ پأٹھۍ۔ وراثت، رسم تہٕ رلواج بنوٚو کھ اَصل
مذہب، اَمہ چھو کاٹھ نیٚپیر نیرِن چھہُ تِمن نِشی ناممکن تہٕ اَتھ دِثیت تِمو "مقلد"
آسنٕک ناو۔ مگر یٗہے چھہ خطرناک منزل ییٚلہِ زَن مذہب تنگ نظر مُلَن ہٕندٕ
اَتھن منز ذاتی مفادٕک آلہٕ کار بنیٚتھ نیکو کارَن، باضمیرَن تہٕ حق پرست
عالمَن ہٕندِ ظُلمُک تہٕ جبرُک سبب تہٕ وجہ بنان چھہُ۔

تمہیدٕ کوٚ ذرا زیٛادٕ لٹہٕ پیہَن پوٚز مُلأیٮ۪ن ہُنٛد خاص کردار تہٕ فطرت
ساخت تہٕ بُنیاد زانٕنہٕ خأطرٕ اوس یہ ضروٗری۔

شیخ العالم حضرت شیخ نورالدین نورانی شُنٛد زمانہٕ تہٕ اوس تہٕ
نفس پرست عالمو تہٕ مکار فقیرو تہٕ ریشیوٚنِش خألی۔ مذہبی عالمو تہٕ عابدو
منز اُسۍ واریاہ تِتھ تہٕ یِم جاہ پرستی خأطرٕ بیٚیَن اَپُز کران اُسۍ[1]۔ اَتھ
دورس منز یوٚدوے تِتھۍ پأٹھۍ مذہبی مناقشہ بارسس آسۍ نہٕ آمتۍ۔ پوز
اَندرۍ اَندرۍ اوس اَمِیُک نار زیُون ہیوان۔ تہٕ اَمہ نارُک ترٛٹ اوسُن

---

[1] مُلا احمد، مُلا سعیدالدین ہمدانی، ملک موسیٰ رینہ، ملا پارسا، ملا محمد قاضی
حمیدالدین، سید حسین قمی، میر شمس الدین عراقی، مولوی کبیر، مولوی
نادری، مُلا ضیائی، مُلا مدیحی، عودی، مُلا جمیل وغأرٕ۔

محسوس ہیوٚ تمت گژھن۔ شیعہ سُنی مناقشہ تہٕ تضاد اوس اَوٚک

پاسے اَندری اَندری دوہ تلان۔ بٮ۪یہ طرفہ گےٚ بڈشاہ سٕنٛد وقتہٕ غارٕ

مُسلم رسم و رِواج یِتھٕ عام زِ کاشرِ مُسلمان، عالِم، قاضی، مولوی، مشایخ

سادات کِرام تام اَسہِ مُشرکانہٕ رسم و رِواج پالان۔ گور تہٕ جوتشی لگِ جاہِل

مُسلمانن تہٕ نیچھ ہیٚنہٕ۔ توہم پرستی تہٕ ملہ پرستی گےٚ عام۔ مرد کھوژ زنانہٕ

اَسہِ گورن تہٕ جوتشن نِش گژھتھ ہر کامہِ مُتعلق مشورٕ پرٛژھان۔ اَتھ منٛز

اَسہِ مُلہ تہٕ شامِل تہٕ سادات تہٕ[1] قاضی تہٕ فتوا دِنہٕ وٲلۍ اَسہِ اَزی کی پاٹھی

حدیث تہٕ قورانُک بجارتھ کران۔ اَکِ سے زنانہِ اَسہِ دوٚن مردن سٕتۍ

نِکاح پران[2]۔ یہ ماحول چھُ اَسہِ ہاوان زِ ملکہ کٮ۪تھہ حدس تام اَسہِ اخلاقی تہٕ

ذہنی پستی منٛز یٮ۪متۍ۔ وارہ مُسلمان اَسہِ عملی طور مُشرک تہٕ نا مُسلمان

بنےٚمتۍ۔ اَتھی ماحولس منٛز چھُ حضرت شیخ العالم لکن ہنٛز یہ پانٛژ عام نانٛو[4]

رِندو ہیٚنٛدِ ہینز کامہ ترٲوِ تو ترٲوِ تہٕ پرٲوِ تو حقہٕ سنٛز وضہ

حضرت محمد منتہٕ مشہر راوِ تو اَسہِ رِن نارس[3] ننِمن روز کٮ۪تھہ

شیخ العالم چھُ لفظ رِندو استعمال کران۔ یہ لفظ چھُ مخصوص

طبقس کُن اشارٕ کران۔ یُس تہٕ زانن والیو نفس پرس عالِمو روس

بٮ۪یہ کانٛہہ طبقہ ہیکہِ نہٕ اَسِتھ۔ فقیری تہٕ ریشِت اوس سٕٹھاہ عروجس

دوتمت۔ پوز اَپزِ تہٕ نقلی صوفی تہٕ ریشو نہٕ وار پاہ، ییم لکن دوکھ

---

[1] بہارستان شاہی صفحہ ۵۴ تہٕ روضۃ الاحباب صفحہ ۱۵-۲۱۱ [2] تاریخ حسن جلد دوم صفحہ ۱۸۶ [3] دوزخس (مرتب)

دِتھ دیار وٹھان اُسی شیخ العالم چھِ وَنان سہ

کَلِکہ ریشی کیپٹ ریشی    تِیمَن کھیٚنَس گُنٛے نَم [1]

یا

ریٚش ہیے ریٚشُت پالہِن    گوٚ چھِن ژالہِن آشہِ پیتھ

ریٚشو چھِنہٕ ریٚشُت پالن    پان چھی گالن ریٚشہِ پیتھ

اسلام چھُ عمَلَن ہُنٛد دار و مدار تِیتِھ پٮ۪ٹھ تھَاوان شیخ العالمؒ

چھِ عَمَلَن کُنُے وَنان زِ سہ

سُہ (خودا) چھُنہٕ وُچھان قیلَس تہٕ قالَس

سُہ چھُ وُچھان دِلہٕ کِس حالَس کُنُے

اَتھ دِلہٕ کِس حالَس چھُ مولانا رُومی وَنان " دانِش نور"۔ تِم چھِ وَنان سہ

دانِش نور است در جان رِجال    نے ز راہِ دفتر و نے قیل و قال

یِہے کتھ وُنی شیخ احمد جام ژندہ پیلَن تہٕ بیٚلہِ تِمو فرموو سہ

معرفت در جبہ و دستار نیست    آں عزیزاں را نشانے دیگر است

دیٖنَس اوس یِمو سارِوٕے ظاہِر دارو تہٕ مُلو کاروبار بنوومُت

ٹُکَن نیٚبھ ہیٚکہِ تہٕ مال کھیٚنٛکہِ اَسی یِمو نفس پرس مُلو تہٕ زاہِدو مختلف

ذٔریعہٕ بناوِمٕتہِ۔ دیٖنہٕ کِس ناوَس پٮ۪ٹھ اوس یِمو مشیدَن تہٕ مقبرَن

تجارَت بنوومُت۔ یِمَو یِم ببادہ لۄچ عوامَس استحصال کران اَسی۔

جناب شیخ العالمن چھُ یِمَن ہُنٛد کِردار ننِگہ کوٚرمُت۔

مُلہٕ چھی خوش حال ہٕدی ٹین تہٕ سالَس

شیخ گے مالَس تہٕ ماچھِس منٛتھ

---

[1] کیٚلک ریشی کیپٹھ ریشی۔ یِمن کھیٚنَس گُنٛے نَم (مرتب)

## صوفی روٗٹ خرقا لۄکہٕ دِتھ آلس

## کھیون کالس پانژو ماز یِکھو بُتو

پادشاہَن ہُنٛد کوٗمتٕس اُسہٕ یِم مُلہٕ اِسلأمی شأیستہٕ کرِنٕچ مذموم
حرکتھ کران۔ محض دُنیاوی فأیدٕ خأطرٕ اُسہٕ یِمے مُلہٕ پادشاہَس "سایہٕ
اَلطافِ خُدائے واہِب" وَنان۔ یہ کأم اُسہٕ موٗلوی تنخاہہٕ خأطرٕ یِم نفس
پَرس مُلہٕ دِین تہٕ مذہب کِنۍ اَنجام دِوان۔ یہ اوس یِہُنٛد کِردارُک اَکھ
پہلو۔ بیاکھ پہلو اوس یہ زِ یِم اُسہٕ ہوٗنۍ ہِنٛدۍ پأٹھۍ اَکھ اَکس تہٕ
زاگان۔ اَکھ اَکس گراونچ تہٕ ذلیل کرنٕچ مذموم تہٕ نازیبا کوٗشش کران
کینہہ مُلہٕ اُسہٕ محض پیٚڈ بَساونہٕ خأطرٕ ترٛاٹھ کامہٕ تہٕ حرکژ کران یِم زَن
عالمن ہِنٛدِس شانس شایان آسہٕ۔ یِمنے مُلَن کُن وُچھتھ چھُ شیخ العالمن
وَونمُت ؎

عُلماہ پوٗز وو وودچھ کے ہوٗسے ژھلس چھِ زاگان اَکس اَکھ
چھِو چھِوٕ آمتۍ میچھ تہٕ مَسے پوٗزہ لوٗزہ ڈیشتہ لیوان اَژکھ
کوٗہ چھِو گُمانہٕ اُسہٕ چھِ خاسے تتہٕ نو موکلیو سا یہ مُنز اَکھ

شیخ العالم ہِنٛدِس زمانس منٛز تہٕ چھُ مُلہٕ طبقہٕ مُفت خور اوسمُت
یِم نہٕ اُسہٕ کانٛہہ محنت مُشقت یا موٗزوٗرۍ کران" تہٕ نہ اُسہٕ کانٛہہ تجارتھ
یا زراعت کران۔ شیخ العالم چھُ یِمن کأہل، مُفت خور تہٕ نفس پَرس
عالمن، مُلَن تہٕ زأہدن وَنان زِ مکأری سیتۍ حأصل کوٗرمُت روزی تہٕ
بے غأرتی ہُنٛد بتہٕ چھُ اِنسانس بے ضمیر نااہل، اصول فروش، تہٕ بے
اخلاق بناوان۔ شیخ العالم چھُ یِمن مُلَن صاف پأٹھۍ وَنان زِ یِچھ

یَتہٕ سیٚتۍ چھہ نوٗرِ فراست رٲوان۔

دوہ پھہ بَتہٕ اُنِ وو رُنی وو لو کھرے
دوہ پھہ بَتہٕ بکھرے کھیٚنۍ کھیٚنۍ سانگ
دوہ پھہ بَتہٕ کھیٚیاو مَلہٕ شینز کھرے
تتھۍ تہٕ عالہِ پرے پہٕ شوٗنگتھے بانگ

تہٕ یُس عٕلم وۄنہ پچہ کرِتھ سہ حاصِل کرنہٕ یِیہ سُہ چھہ بقولِ مولانا رُومیؒ "علمِ تقلیدی" تہٕ یہِ عٕلم تقلیدی چھُہ بہرِ صوٗرت کینہٕ خاطرے حاصِل یوان کرنہٕ ؎

علمِ تقلیدی بود بہرِ فروخت چوں بیابد مشتری خوش بر فروخت

حضرت شیخ العالم چھہ وَنان زِ علم گوٚ سُہ یُس اِنسانس مارِفتِ ذات تہٕ مارِفتِ ذاتِ حق عطا کرِ۔ تتھۍ عالمَن چھُہ حضرتِ شیخ "خرٕ" یانے مرد یا بہوٗدرٕ تہٕ غازی وَنان۔ یِمَن کِتابہٕ تہٕ علم پٔرِتھ پٔرِتھ یہٕ حاصِل گژھہ تِم چھہ خرٕ۔

پٔران پٔران خٲلی پرگے خر گے کِتابہٕ بارٕ ہیتھ
یِم دِلہٕ پٔشِن باخبر گے تِم نر گے تارٕ تریٚتھ وۄچھ[1]

مولانا رومی چھُہ وَنان زِ مَلہٕ سِنٛدِ خاطرٕ چھُہ "حرفِ حکمت" پتہٕ پکلو ؎

حرفِ حکمت بر زبانِ ناحکیم حُلّہاے عاریت داں اے سلیم

شیخ العالم چھہ وَنان زِ عالِم تہٕ عابِد گوٚ یُس پننُی پان پرٛزناو یکبارٕ زِ سُے ہیٚکہِ خودا پرٛزناوِتھ۔ حدیث شریف چھُہ مَن عرَفَ نفسَہٗ

[1] کھٹہ (مرتب)

فَقَد عَرَفَ رَبَّہٗ. حضرت شیخ چھ مُسلمانن غور و فکر، تدبیر تہٕ
تفکُر کرنَس داوَتھ دِوان. سُہ چھُ جامد تہٕ رسم و رِواج کِس مذہبَس
خلاف آواز بلند کرِتھ مُسلمانن وَنان زِ زٕہ ہیٚکو پانس سام، تہٕ ییٚس یہ
کام کرِ تہٕ تمہٕ نِشہٕ زھار حقیقت، سُے گو پوٚز مُسلمان. تِم چھ وَنان

اَند کٕنۍ نیرِتھ پندیٚس ہیٚتہٕ بیٚٹھ[1]
شیرے لاگے پنُنۍ پان
کہ زِن تہٕ اَدِتھ سوزِن کارے
سُے ہے دِیی زے مُسلمان

مولوی رومی تہٕ چھ وَنان زِ تمام علمن ہُند ہرتہٕ چھُ یِ زِ انسان
زانہٕ پنُنۍ پان سہ

جانِ جُملہ علمہا این است این    کہ بدانی من کیم در یوم دین

مُلہٕ کُم کم چھ شُنہ تہٕ فریب، زٕھل تہٕ زُھومبہ اُسی وِزناوان شیخ
العالم سٕنْدِس وَقتَس منز، تہٕ نیکو کارن تہٕ حق پرستن کیتھہ پاٹھو اُسی
پیدا تہٕ تکلیف دِوان. یہ زانُن چھ سانہٕ خاطرٕ سیٹھا سہل. شیخ العالم
سُند کلام چھُ اَتھ پٲٹھ وضاحت کران. تہٕ یہ کلام وُچھنہ چھُ اَسہ تمہٕ
پاٹھو پھکرِ تران، زِ حضرت شیخ العالمس کوتاہ جہاد اوسُہ پیوٚمُت کرُن
مُلن ہِنزِ مکاری تہٕ ریاکاری تمہٕ راوُنہٕ خاطرٕ. وُچھو تُہ مُلن ہِندِ کرتوت
کیتھہ پاٹھی چھ برونہہ کُن یوان سہ

مُلا ڈیو نمُھ موشمی کھیوان    ہاکَس دِیاں یہ چھُ کیھ
ہا کر کھیوان ڈاکر تراوان    مُشتبہ دِیان یِنہٕ چھُ کیھ

[1] اَند کٕنۍ زھیتھ پندِ بیمی ہیٚتھرے    میٚتھرے وٕییوٕ دِن ہمُنۍ پان (مُرتب)

سَنتھ ژٕتہٕ کھیٚیہٕ پٔشم ہیشو — یا — اَڈٕہن ماز ننے اَڈٕہن کرٕم
تہٕ کھیٚمتھ بیٚیہ ہیم سوستا ہیشو — توٚہی ہیٚتے مٔلہٕ تہٕ رٕہزن کم

نقلی تہٕ ظٲہری زُہد تقواہس تہٕ ریاکارانہٕ پرہیزگٲری خلاف
چھہ حضرت شیخ مٔلن تہٕ زُہد پرہ گرن کٔن وَنان سہ

اَمہ تسبیح تہٕ عاصہ نہٕ ژٕھنڈے — اَمہ ژھنڈے شہ نو اَکھہ اِیے[1]

یمن چیزن چھہ شیخ العالم پھشند تہٕ فریب وَنان۔ شہ چھہ یمن مٔلن
کٔٹ وَنان زِ دیٖنچ گندگی تہٕ منچ نااتفٲقی چھیہ یمو حالی خولی تہٕ ریاکٲری
ہند پوساناو سیتھ دوٗر گژھان۔ یلہ کیہ چھہ یم ساری نمایشہ بےہودہ
تہٕ بےمقصد سہ

پٕران پٕران زیٚو تال پھجود — تس کٕرٕش گرٕتھ تنیج وٕنہ زاہ
تسبیح پھران اونگجہ تہٕ گجود — یُس یہ لدِ ہیوے بوے زنج وٕنہ زاہ

حضرت شیخ العالم چھہ یمن مٔلن وَنان زِ پٔز مسلمان گو سُے
یُس بیٚیس تہٕ واظ پرِ نہٕ پانہٕ تہٕ شہ پالہ۔ سُے ہیٚکہ سعہ رگ پرٲوِتھ
یُس دُنیہس منز دُسے بیٚین سیتھ بہرِ۔ دُسے تنتھ پاٹھو سرن گیاں
گوٚو شہ گو عالمِ انسانٔیتس بےلوث تہٕ پُرخلوص خدمتھ کرٕنی۔ ڈاکٹر
اقبالن چھہ یتھہ پاٹھو دُسے نترشن سام ہیٚتھ دوٚتمت سہ

خدا کے بندے تو ہیں ہزاروں — بنوں میں پھرتے ہیں مارے مارے
میں ان کا بندہ بنوں گا جن کو — خدا کے بندوں سے پیار ہوگا

قرآن چھہ وَنان اَلخلقُ عیالُ اللہ۔ یُس خلق خدایس
پننہ نفسہ تہٕ غرضہ خاطرہ نیٚتھہ ہیٚیہ، شہ ہیٚکہ نہٕ مُسلمان اَسِتھ

---

[1] اَمہ تسبیحہ عاصہ نہٕ ژھنڈے۔ اَمہ ژھنڈے شہ بیہ نو اَکھے (مرتب)

شیخ نورالدین صاحب چھ ونان ؎

پرٛس پیرٛ تہٕ پانسٕ پالے[1] سُے ہے ڈٔپی زٕ سے مُسلمان
سُے پوٚرشاہ سوٚرگ پراوے یُس دِے مرٛہ بیتہٕ بیٚین سان
رتیٚن دوہن روزِ تھاوے ڈیٚس بتہٕ سان آسہٕ نمہٕ وان
لوٚب، چھہٕ، مد، اہنکار ترٛاوے سُے ہے ڈٔپی زٕ سے مُسلمان

حضرت شیخ العالم اُسہٕ ینہٕ اِنسانس وَنان اُچھ ژٹھ کھٕن

ملن تہٕ ریاکار واعظ خانن تہٕ عالمن توکتہ چینی کرنس منز اُسو تیمن زٕ[2]
مقصد، ملن یہ وَنُن زٕ تمہٕ منز کم غلطی تہٕ ناکارٕ گمیہٕ چھہٕ۔ تہٕ لکن یہٕ
فکرٕ تارُن زٕ جامد مذہبس ہیٚبٹھ روزُن چھُ انسانی ترقی منز ڈٔر کاوٹ۔
جمود کرہٕ تہٕ ذہنی شیٹھنیار چ علامت اُسہٕ ملہٕ، ییموٚ رسمن تہٕ رواجن مذہب
ناواوس ہقوٚومت۔ شیخ العالمن وَوٚن مسلمانن زٕ عقیدٕ ک عقیدٕ گو
پوٚز زٕ، پوٚز غور و فکر کرتہٕ یتھ ہیٚکو تہٕ ہیرٕ روحانی ترقی ہندِ تھدِ
منزِل پراوِتھ۔ تیمو ووٚن ؎

مرانہٕ کرہو زٕ ہا یُتھنہٕ ذات مشی
گیٛانہٕ کرہو زٕ ہا گُپتھ پان
کرٛیا کرہو زٕ ہا یتھنہٕ کانٛہہ ڈیشی
مشی تہٕ نشی پنُن پان

مولوی رومی چھہٕ مثنوی منز فرماوان زٕ پاٚغمبرٕ کرٕ منٛ فرموو زٕ عقل
ہُندا کہ ذرٕ چھُ نمازن تہٕ روزن ہندِ کھوتہٕ بہتر ؎

---

[1] پرٛس پیرٛ تہٕ پانس پالے (مرتب)

پس نکو گفت آں رسولِ خوش جواز
ذرۂ عقلت بہہ از صوم و نماز

حضرت شیخ العالم پنٛد فرماونہٕ مُطابق چھُ پوٚز مٔلہٕ یا حقہٕ پرس
عالمس تہٕ عابدس یس قرآن تہٕ اُسوۂ رسول کریمؐ مدِ نظر تھٲوِتھ زندگی
گذارِ یس نفس پرستی، دُنیا پرستی، رسم و رواجٕک مذہب تہٕ وہمہ بتہ
تہٕ اہنیک ہوس یک طرف ترٲوِتھ خوٗلو صیہ سان آخرت سَرِ، سُے گو پوٚز
عالم تہٕ عابد۔ حضرت خواجہ جنید بغدادیؒ چھِ فرماوان زِ اصلی عالم گو
سُے، یس" ایں راہ کسے یابد کہ کتاب (قرآن) بردست راست گرفتہ
باشد و سُنّتِ مُصطفٰے صلی اللہ علیہ وسلم بر دست چپ، و در روشنائی
ایں دو شمع می رود تا نہ در مُغاکِ شبہت اُفتند نہ در ظُلمتِ بدعت۔"
(تذکرۃ الاولیا۔ عطار۔ صفحہ ۸۰)

بزرگانِ دینن ہنٛزن مستند کتابن منز چھُ پرٛیتھ جایہ قرآنس تہٕ
سُنّت پالنک تاکید کرنہٕ آمت۔ حضرت شیخ ابوبکر کُہستانی چھِ اکھ وَنہٕ
نٲنکھ دِتھ وَنان۔ تِمن ہنٛد فرماوُن چھُ:
اَلطرِیقُ واضِحٌ والکتاب والسُنّۃ قائمٌ بَینَ اَظہُرِنا
تہٕ زن گو وَتھ چھہ صاف پٲٹھ شنٛخ تہٕ کتاب تہٕ سُنّت چھہ اَسہِ برونٛٹھ کنہٕ
موجوٗد۔ (رسالۂ قُشیریہ)

شیخ العالم چھِ مُلن کُن وَنان زِ توٚہۍ چھِو قرآن پران، پوٚز تتھ
چھِوٕ نہٕ سنان ؎

قوٗرآن پران گو نو مٔہ دِکھ   قورآن پران گوٚے نو سوٚر

قوٕرات پٕران زٕندٕ کیتھ رٕوٗدٕکھ قوٕران پٕران دوٗد منصوٗر
قوٕران پٕران بے غم رٕوٗدٕکھ تامتھ پھوٗرُے اُرکتھ ژوٗر

شیخ العالم چھ وَنان زِ شُے ہیکِہ شیطانس شکس دِتھ، ییمو
قورانس سیتھو لے کرٕ سُنت پالنُک تاکید تہٕ تلقین چھ حضرت شیخ
وارِہین جایَن کران۔ یہ تہٕ چھ اَسہ ہاوان زِ مُلہٕ کاتیاہ چھ سنّت رسوٗل
زٕنش دور آسی مِتہٕ۔ تیم چھ وَنان ؎

محمدؐ تراوِتھ اِبلیس رٕوٗٹکھ شہ چھے وُچھان کھٹکھ کُس
محمدؐ تہٕ ژور یار بر حق گنٕزٕرکھ تمن نِشہ اَندٕنے ساری نیاے
جان پان پنُن تمن میٖچھ بٕشرٕکھ سوے چھے تور کِژ بٕڈ رُمیکا ے

خواجہ فریدالدین عطار چھ سُنّت نبوی پالنس پیٹھ تاکید کرٕتھ
وَنان ؎

جاوید در متابعت مصطفےٰ اگر بیں تا نور شرع او شود ت برتو مقتدا

جناب حضرت شیخ العالم ینٕدِس دورس منٛز تہٕ چھ مُلہٕ محض کتھ
کُتالی آسی مِتہٕ۔ یمن چھ حضرت شیخ کتھ کبارٕہ وَنان، یمن چھ قول
اَکھ تہٕ عمل بیا کھ آسان، مالِ دُنیا پانس کیٛت سوٗمبران تہٕ عام لکھ واظ
پٕران۔ شیخ صاب چھ وَنان ؎

اَلاے بلاے پانس اَنان اَمرٕ ہتھ چھکان بیٚین کیٛت
ظاہری اُراد پاراد چھ تمہٕ وِزِ تہٕ مَلَن ہند دوٗستوٗر اوسمُت

حافظ شیرازی چھ وَنان ؎

واعظاں کیں جلوہ بر محراب منبری کنند
چوں بخلوت می روند آں کار دیگر می کنند

---

۵ اَکھ ہوٗتتھ (مرتب)

شیخ نور دین صاب چھ یِتھ کنہِ ہِشیر باوتھ کران زِ تِمہ وقتکو عٲلِم سپارہ مُلہ ٲسۍ زانتھ تہٕ پتہٕ زانہٕ، اُچھن اوسکھ تہٕ اشر، مگر بصارتھ تہٕ بصیرتھ نہٕ کینہہ، بوداسکھ تہٕ فراستھ تہٕ کینہہ نہٕ. تِم چھ وَنان ؎

نیٖبرے شوبِہ اَندرے شومی    شیتانن کھٮ۪تن تہٕ کرِو کرِو کار
نِملہٕ ڈیپِز تہٕ مولوی رومی    نتہ مُلہ ڈٲپِتھ اِستغفار

مولانا رومی چھ وَنان زِ علم چھ دون قِسمہ، علم بر دل، تہٕ علم بر تن. دوشونی ہِنز خاصیتھ چھے الگ الگ ؎

علم چوں بر دل زند یارے شود    علم چوں بر تن زند مارے بود

شیخ العالم چھ مُلس دنان زِ ظاہر پاٹھی کٲژاہ صفایی تہٕ ورتاو تہٕ کرِو، اگر نو تہٕ چھکھ نہٕ عالم وننس لایق، جُبہ تہٕ دستار شیرِتھ سیٹھا چھ علم شولان تہٕ پرِہزلان، نہ چھ قرأت تہٕ میٹھ آواز اُمبیک کانہہ امتیاز. شیخ العالم چھ فرماوان ؎

مُلو چھلکتہٕ مُلو چھوو کھہ ۱    مُلو ڈیو تھٹھہ مے نہٕ عُشلی مُلک ناو
مُلو تنتہِ بوہ نہٕ بتل ڈولکھ    مُلو لرٕ راوتھ مُلہ ناو

شیخ العالم چھ افسوس کران زِ مُلو مشدٕ چھوو مُلہ ناو پنہٕ نیو بد کرِ نوٚ تور تہٕ نفس پرس کامیو سیتی،

حضرت شیخ العالم اوس زانان زِ نفس پرستی، تہٕ زر پرستی کِتھ پٲٹھی شوداتناوِ مُلن. تِمن ٲس خدایِن بصیرتھ تہٕ بصارتھ عطا کرمژ. یِنہٕ دالہِ زمانکِ حالاتھ نہٕ ٲسۍ تِمن دیدن تل وٲتمۍ. تِمن اوس یہِ مولوم سیٖدمت

۱ مُلو چھوو کھہ نہٕ مُلو چھوو کھ (مرتب)

نہ دینس کاروبار کران کیٚہ کیا۔ اَتھرِ کرن ملہ بابہٕ، اَتھ مُتعلق ییہِ
پیشین گوئی شیخ العالم کران چھُ تمیُک تائید کور سائنس زمانس منز حضرت
علامہ اقبال صابن تہٕ۔ بوزِو توٚ ؎

تمہ پتہٕ یکن دُنی یاہ ژورِن لاگن مُشہودن تہٕ مقبرن باج

حضرت اقبال چھُ اَتھ بیتھ یا تھٕکھ تائید کران ؎

یہی شیخ حرم ہے جو چُرا کر بیچ کھاتا ہے گلیم بُو ذرہ دلقِ اویس و چادرِ زہرا

●

حضرت شیخؒ چھُ تاریخی شخصیتھ آسنس سیتھ سیتھ عوامی شخصیتھ تہٕ کنہ
اَسہِ بڑو نِنھ کنہ۔ اَوٕ کنہ چھِ تِہندِ عارفانہٕ کلامہٕ علاوٕ تِہنزِ زندگی ہیٚندی
اہم گوشہٕ تہٕ زبانی زبانی روایژ بنیہ بنیہ ریٚنش نامن اندر رٕژھرِتھ۔ اِختلاف
کتیٚن ہیٚکہ یِہ آسِتھ پوٚز یتھ کتھہ اِنکار کرُن چھُ محال زِ سانہٕ پوشہِ
وارِ سٔید اسلامکہ صُبحُک خوشبو ہوا و حضرت میر سیّد علی ہمدانیؒ سِندی
بکنہ نصیبہ۔ تِہنزی بابرکتھ ذاژ ہِند برکتہٕ ٹھیکہٕ رُودی ییٚنہٕ اِسلامُک
کھوٚرتھ تہٕ رواداری ہُند فیضانہٕ رُود برقرار۔

●

# شیخ نورالدین تہٕ انسان دوستی

غلام نبی فراق

شیخ نورالدین چھُ کشیر ہُند اکھ عظیم صوٗفی تہٕ خداد وس مانہٕ یوان
یِمو سُندہ احترام پرٛتھ کانٛشرِس ہندِس دِلس منٛز موجوٗد چھُ۔ اُمس خداد وس
سٕنٛزِ زندگی ہندِس فلسفس منٛز چھِ کینٛہہ تِتھ عناصر یِم انسان دوستی ہندِس
روحجانس تقویت دِوان چھِ تہٕ اُمس خداد وستس انسان دوس تہٕ بناوان
چھِ۔ شیخ العالم سٕندِ یِمن انسان دوس عناصرن تشریح کرنہٕ برونٛہہ
روزِ یہِ کتھ فائدٕ مند اگر اُسہ انسان دوستی ہندِس کُلہم تصوٗرس ہنا واش
کَڈو۔

انسان دوستی ہندِس تصوٗرس پتہٕ کنہِ چھُ اکھ طویل تواریخ یُس
نتیجہ چھُ تِمن حالاتن تہٕ واقعاتن ہُند یِمو منٛزٕ گزریتھ یہِ تصوٗر ریناسانی
دورس پیٹھ اُسہ نام دِوان چھُ۔ دقیقہ وقیقہ چھِ اَمی تصوٗرن عصری یُنٛزرن
پیش نظر نوٚو نوٚو انہار لٮ۪ژمٕتۍ۔ البتہٕ یُس چیز انسان دوستی ہندِس فلسفس
منٛز نمایاں طورٕ نظر گژھان چھُ سُہ چھُ بہیثیتِ انسانہٕ سٕنٛزِ تعمیر۔ تِم تہٕ چھِ
انسان دوس یِم یہِ وَنان چھِ زِ خدایی مفادن مقابلہ گژھِ انسانی مفادن
ہُند خیال روزُن۔ کانٛہہ تہٕ حالتھ اُستن انسانی حقوقن ہٕنٛز گژھِ حمایت

سپدِ نہٕ۔ کینٛہہ چھہ تِمن تہٕ یِم اُکھرتس تہٕ طبعی عالمس مُقابلہٕ یِمہٕ دُنیہِ پیٹھ انسٲنی زندگی ہُند مُطالعہٕ تہٕ اَمہٕ چہ پٲٹھ پرچٲیی ہندِ سامانہٕ کران چھہ۔ تِم تہٕ چھہ انسان دوس ہیوٚ۔ یِمہٕ کنہہ نِش صاف اِنکار کوٚر، زِ یِمہٕ دُنیہِ ہُنٛز زندگی چھہ اَخرتہٕ سنٛبھالنہٕ باپت تیاری ہُنٛد وَق۔

یوٗرپس منٛز آو رینیساں دور کیٚن انسان دوستن یہ کلاسکی نظریہٕ سیٚدھا پسند زِ انسان چھُ کاینات مرکز۔ تِموٚ مون زِ یہ چھہ انسانس یِس شان چھہ عقلی چھہٕ تہٕ تخلیق کرنٕچ صلاحیت چھہٕ۔ تِمو انسان دوستو یوٚژھ زِ انسانہٕ منٛز تہٕ بے انداز صلاحیت کامہِ منٛز اَنِتھ گوٚژھ یتھۍ دُنیہس منٛز تیٚتھ سماج تہٕ تہذیب پھٲلنُن ییٚتھ منٛز پرٛتھ فرد تعلیم یافتہ آسہ ہے یُس اخلاق دارتہٕ گانہٕ جارتن پیٹھ تعمیر کرِتھ زندگی بسر کرِہے۔ سہٕ زندگی ییٚتھ منٛز اکھ مخصوص ربط آسہ ہے تہٕ اکھ آدرش آسہ ہے۔

اَمہِ ادبن تہٕ فکر و خیالن ترٛوو سوٗرُے یوٗرپ بدلٲوِتھ۔ وارہٕ وارہٕ پھٲلہٕ جاینہٕ شہر شہرٕ تہٕ مُلکہٕ مُلکہٕ آو۔ ہر پوٚر طریقس پیٹھ اکھ انقلاب یُس برٛانٛس تہٕ نوٚیس دُنیہس ژھین دِوان چھُ۔ یہ فکر و خیال تہٕ ادب پھٲلاونس منٛز کوٚر یوٗرپس منٛز تِمو عالمو اہم حصہٕ ادا یِم منٛز کانٛکہ زوال پذیر علم تہٕ مذہبیات پیٹھ تنگ آمٕتۍ آسۍ۔ تِہنٛدِ باپت آسۍ اَمہِ روایتی شکل ہکو تہٕ مذہبیاتکہٕ ناگہٕ راد ژھو کیچھو۔ کنہہ چھہ یہ زِ یِمو کھوٚنہٕ تہٕ قدیم یونٲنی تہٕ لاطینی فکرو خیالکہ تہٕ ادبکہ نو نوٚی دُنیا یہٕ وُچھتھ وُپھلے یہ تِہنٛدی دِل۔ تِہنٛدِ شوقس پھیوٚر رنگ تہٕ شوٚر شوٚرس آو سوٚنتھ۔ چنانچہ تِمو دِتۍ ییٚتہٕ کنۍ پیٹھ زور زِ قدیم کلاسیکی اَدبُک تہٕ اَدیبن ہنٛز تقلید چھہ ضروری۔ تکیازِ یہ چھہ

اِنسانہٕ سٕنٛز زندگی بٔہتر بناونہٕ باپت فائدٕ مند۔ کُنوہِمہ صدی عیسوی منٛز
یِمہٕ سہٕ نۆو اِنسان دوستی ہِنٛز تحریک یورپس منٛز چلیہٕ، تمِیُک مقصد اوس اِنسانی
پراڈ بیٚیہ ہیٚنہٕ تہٕ نوِ سٕنٛز، (فائدٕ پسندی) باثر بناوُن خاص کر تمہٕ عصری دیت
پسندی تہٕ فطرت پسندی خلاف یمہٕ کو مول رۅسوہس نِش تہٕ سگ رٹان چھہٕ
یمہٕ صدی ہِندِس شیٚیمِس دٔہکس منٛز یِمہٕ اِنسان دوستی ہِنٛز لہر یورپس
منٛز وُژدہ تمِیُک رۅخ اوس تمہٕ کپیوٹری سماجس خلاف یُس وٕنہٕ تہٕ اخلاقہٕ
آمُت چھُنہٕ۔ ہِندُستانس تہٕ ایشیاہس منٛز تہٕ چھِنہٕ اِنسان دوستی ہِنٛز وہرٕ
رٕوزمہٕ۔ کیٚنٛہہ ریشن تہٕ بُزرگ چھہٕ یِمَن تِم وُنکھ میتھ یمو اخلاق پسندی
ہِندِس جذبس کام ہیوتھ بٔہتر ہوا نوا پاٚدٕ کوڑمُت چھُ تہٕ اِنسان سٕنٛز تلمی
منٛز تھیر اونمُت چھُ۔ مہاتما گاندھین یِمہٕ عظیم کام یمہٕ صدی ہِندِس
اکہ میس نِصفس تام سماجکو کمزور طبقہ ہِرونہہ پکناونہٕ باپتھ، ذات پاتُک
زور چھِنٛڈراونہٕ باپتھ تہٕ اِنسان اخلاقہٕ وٕنہٕ باپتھ انجام دِژ۔ سۆ تہٕ چھہٕ اُتھی
اِنسان دوستی نٕز آلہٕ وان۔

بٔہتر اِنسان تہٕ بہتر سماج بناونہٕ باپتھ کوشان اکھ اِنسان دوس
روحانس وا تنو دو مذہبن تہٕ فائدٕ اکھ زمرس منٛز چھُ خاص کر مذہبس سیٚتھ
نولُک تھَوُن واجِبہٕ مشنری ہِنٛز منفرد مُقام۔ یمَن مشنری والین ہیم تہٕ لوتہٕ شُدہ
مقصد اُسی یا آسہ ہین یہ کیٚنٛہہ چھہٕ دُرس زیہِہند دسہ چھہٕ بے کسن تہٕ مُشتہ
گامنین لکن ہتیمن تہٕ طرہ ہیٚن دُنیاوی زندگی شیٚرنہٕ باپتھ اکھ وۅمید
نظر گژھان۔ لی ہنٹ ابو بن آدم ییٚلہ خدایہ سنٛدِس فرشتس دیان چھُ ز
تمو سٕند ناو گژھہ تمن منٛز لیکھنہٕ یُن یِم ہمسایِن لکن لول ورتاوان چھہٕ سہ

تہٕ چھُ یہِ خیال ظاہر کرٕنہٕ انسان دوستی ہندِس جذبس آبیارٕی کران۔

میٚے چھُ باسان زِ یِمو کینٛژو وٕچھلو سیٚتو آسہِ سعہ جُستجو یادی خوٚصنوٗرٕ سیٚتھہ سَتھس پیٛٹھ آہرٕ یوہ سٕہ اَکس اِنسانس تہٕ رٕو جہانس اِنسان دوس بناوان چھُ۔ یہِ چھُنہٕ ضروٗرٕ ورٕی زِ سُہ آسہِ بامذہب یا بے مذہب، تُلمیا زِ یِمو دوشوے چھُ اَکھ رو جہانس پن پننہِ پانٛچھو لول ورتووٗمُت۔

دوٚیم چھُ اَکھ اہم سوال یہ زِ گٕژھِہ خُدا دوس شیخ نوٗرالدین کیاہ چھُ اَکھ انسان دوستی ہندِس اُداتس منٛز تمہِ وِزِ کران یُتھ یہِ رو جہان یوٗرپس منٛز تہٕ نوٚو نوٚو وٕے اوس۔ تمہٕ ہندِس خُدا دوس آسنس چھُنہٕ کانٛہہ شکھ۔ مگر وُچھُن چھُ یہِ زِ سُہ کَمہِ قسمُک انسان دوس چھُ تہٕ تٔہنٛزِ انسان دوستی ہندی بیٚنٛخ تہٕ دوٚنُن کم عناصر چھِ۔ یِمَن عناصرن چھا کانٛہہ عصری موقوٗلیتھ تہٕ۔ یہِ مقصد پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ چھُ ضروٗرٕ ورٕی بنان زِ اَسہِ ییٚمو اَکھ مختصر سام شیخ نوٗرالدین سٕندِس زمانس، اَمہِ سٕنٛزِ زندگی تہٕ اَمہِ سٕندین کلامس۔ اگرچہ یِمَن پیٛٹھ اَز تام سیٹھاہ کَم لیکھنہٕ آمُت چھُ تہٕ پٔنٛژ مین شین ہتن وٕرِین ہٕنٛزِ ساننہِ جہالتہٕ تہٕ کمہ اکرٕ ہنٛداہ بو صاف صاف وُچھنس بنٛتھِ یوان چھُ۔ یوٚتام اَمہِ سٕندِ زمانُک تعلُق چھُ اَکھ جدید تحقیقکار تہٕ ادیب امین کامل چھُ کلچرل اکادمی ہنٛدِ طرفہٕ چھاپ سپدی مٕتِس نوٗرنامہِ کِس پیش لفظس منٛز وَنان۔

" سادات چھِ کٔشیرِ ہندین مختلف علاقن منٛز پھٔہلان تہٕ اسلامُک تبلیغ کرُن ہیوان۔ مگر یِہنٛدِس تہٕ ریشن ہندِس طرزِ تبلیغس چھُ واریاہ فرق آسان۔ صوٗفی تہٕ ریش اَسہِ پننہِ عملہِ زندگی سیٚتہٕ لُکن متاثر کران تہٕ

اخلاقی تزکیہ نفس تہٕ بُنیٛادی اسلأمی عقیدن پیٹھ پوٚت زور دِوان۔ چُنانچہ امکہ ثبوت چھہ توارِیخس اَندر منتشر پأٹھۍ موجوٗد۔ سید علی ہمدانی چھہ مُسلمانن اسلأمی مُلکن ہنٛد رکھ رکھاو تہٕ ہیٚنٛدۍ رسم ترأوِتھ ایرأنی اسلأمی رسم اختیار کرناوان۔ یِم چھہ سُلطانس حکوٗمت چلاوَنَس تہٕ اَکھ اَییِن دِوان یَتھ پیٹھ سُہ مُلکن حدس تام عمل تہٕ کران چھُہ۔ گویا ساداتن ہنٛد ذُرِیہ چھُہ علمی تہٕ سیأسی رنگس منٛز اِسلامُک تبلیغ سپدان۔ چونکہ علمی تبلیغُک نتیجہ چھُہ بحث و مباحثہ نیران۔ اَدٕ کنہٕ چھہ کُرکرۍ تہٕ لڑٲیہِ حتیٰ سپدان چُنانچہ کشیرِ تہٕ چھِنہٕ اَمہِ نِش خألی روزان۔ اَتھ وقتس اَندر چھُہ حضرت شیخ العالم رێشہِ سلسلہ قأیِم کران"۔

یہ چھُہ اَکھ توأریخی پزر زِ شیخ العالم چھُنہٕ تَتھ زمانس منٛز علمی تہٕ سیأسی رنگس منٛز اسلام پھٲلاوُنُک پرچار کران۔ رێشن فلسفُک بانیکار شیخ العالم چھُ اَتھ مُقابلہ اَکھ بدل وَتھ ژھانڈان۔ سُہ چھُ سیاسَتُک علمِ دینیات اُکھتہ کُن تھأوِتھ اسلامہٕ کین بُنیٛادی اُصوٗلن ہنٛدِ ہنٛدِ کُن اَنان۔ تہٕ یِم اُصوٗل عملأوِتھ لُکن برونٛہہ کنہٕ تھاوان۔ تس نِش سپدن یِمہٕ اُصوٗل اِنسانس مٕنٛز ہیکس تام وأتنأوِتھ۔ یِم اُصوٗل اپنأوِتھ چھِنہٕ کأشرِین ہنٛدِس ثقافتی زنٛدگی منٛز تہٕ کانٛہہ بارِ تبدیلی سپدان۔ شیخ العالم چھُہ یِمنہٕ پأٹھۍ اسلامس تہٕ عام لُکن منٛز دوٚہ یہٕ اَنٛزی منٛز دوٚہ ہُراوان۔ شیخ العالم سُنٛد چھُہ یہ اَکھ بوٚڈ قدم یُس اِنسان دوستی کُن وُچھان چھُہ۔

شیخ العالم چھِنہٕ کُل ترأوِتھ جُزن کُن توجہ دِوان۔ اگر ترأوِتھ

جمعِین تہٕ آرٕن کٕنۍ پھیرانِ۔ سُہ چھُہ مرکزَس پیٹھ واتان۔ بس چھُ سُہ خُدایہٕ
سٕنٛدِس وحدانیتَس پیٹھ زور دِوان۔ حضرت محمدؐ سٕنٛدۍ عاشق بنان تہٕ آخرت
پسندی ہُنٛد رۄجحان ہاوان۔ سُہ چھُہ یمَن پٔزرَن ہُنٛد بار بار ذِکر کران۔ اَتھ
سیٖتۍ سیٖتۍ چھُہ سُہ ذات پات، خاندان، رنگ، نسل، ظٲہرداری، ہاو باو
دُپن دلائزی، شِکم پرستی، نشمکاری، کَلیہ گی اسلام مار تصور کران تہٕ یمَن
خلاف شدید ناپسندی ہُنٛد اظہار کران۔ تَس چھُ دَیہ سٕنٛد کُنہ رَکہٕ جلاوُک
شوٗعوٗر، محمدؐ سٕنٛدِس صداقتَس پیٹھ ایمان۔ تَس نِش چھُ مُسلمان سُے یُس
پٔرس پَرِ تہٕ پانَس پالِہ۔ بے عمل عالم چھُ تَس نِش کٔچھ سیٖتۍ وُلتھ ہیچہ ہُنٛد ور۔
سُہ چھُ نفسِ اَمارس تہٕ کرتل یَدِس ژھاران۔ سُہ چھُ یتھ دُنیہس آخرتُک
گرٕ سنبالنہٕ بابتھ اَکہٕ تیاری ہُنٛد پڑاو مانان۔ سُہ چھُ دَیہ سٕنٛد خوفُک
ذِکر کران، فاقہٕ پسند بنان، پرٛیتھ کانٛسہ ہوٗسے وِشدان، نیزٕ ہیٚنز زہی
ہٕنٛز علامت بنان۔ قول فیلُک اَکھ خوبصورت رلاو بنان۔ خُلوٗکھ سٕنٛد
بُنیتھ گوٚبھ پھٔٹان۔ سوال چھُ یہ سورُے کیازِ چھُ سُہ کران؟ اَکھ جواب
ہیٚکہ یتہٕ اَسِتھ زِ سُہ چھُ خُدا دوس بُنیتھ یتھ دُنیہ ہیچ مایے ژادان۔
مگر تِمہ سٕنٛدِین شٕرکین منٛز یُس خطیبانہٕ لب ولہجہ اَسہ نظرِ گژھان چھُ
سُہ چھُ اَسہ یتھ نتیجَس پیٹھ تہٕ واتناوان زِ سُہ اوس یِنین ہم زمانن
تہٕ ترٛہی زِندگی ہُنٛد ہم نوا بناوُن یژھان۔ گویا تِمہ سٕنٛدۍ ہم عصر آسہ ہُن
اسلامہ کین یمَن بُنیادی اُصوٗلن سیٖتۍ تغوفُل ورتاوان۔ ممکن چھُ زِ کانٛسہ
آسہ ہا برتری ہُنٛد احساس تہٕ اَمہ سیٖتۍ آسہا کانٛسہ کمتری ہُنٛد احساس
ووتھلان۔ ممکن چھُ زِ عالم ما آسہ ہَن قول فیلَس منٛز نابرابری ہُنٛدی

بشکار سپدان۔ گویا تس اوس کلامن منز عملہ منز تہٕ اخلاقچ کمی نظرِ گژھان
تہٕ سۄ دور کرنٕچ ضرورتھ محسوس سپدان۔ یِتھہ معیارٕچ تلاش تس کلمن
منز اوس تس آسہ ہاتھہ منز فرق نظرِ گژھان۔

اَتھ سیٹھہ سیٹھہ چھہ شیخ العالم بیاکھ بوڑ کارنامہ یہ کران زِ شہ
چھہ اسلامُک کلمن تام کاشرِ اَدبس تہٕ مقامی مزاز دِتھہ پیش کران۔ بسہ زبان یُس
کلمن دِلس نزدیک آسان چھہ۔ یوسہ یِمہٕ ہندین احساسن تہٕ جذبن بیدار کرنُک
سلیقہ تھاوان چھہ۔ یکیاز کاشرین کلمن چھہ اکھ جمالیاتھ ویوٗد۔ اَتھ
زبٲنی منز یُس تمن مخاطب سپدان چھہ تس چھہ یِم یتھ زانان۔ یُس چھیہٕ تمن
راوٕ نٲکُہ ٹلی کہ لبنک احساس دوان۔ شیخ العالم چھُہ یِمہ پزر نش تہٕ باخبر زِ
انسٲنی کاٹھہ جار ہیکہِ طوفان بنتھ انسانس پیٚٹھ وٲلتھ۔ یہ کاٹھہ جار ہیکہ
فطرت پسندی ہنز شکل لبتھ باقی کتھہ علاوٕ اخلاق حارتہٕ مذہب حارتہٕ تاجت
سپدتھ۔ یکاٹھہ جار کیس آسس گژھس گژھ لازم ہتن اخلاقچ لاگم ہمیشہ سیٹھہ
رونٕی۔ یتھہ یہ انسانس ماتحت روزِ تہٕ انسان اَمہ سندٕ غلام بنہٕ نہٕ۔ تہٕ
نفس پسندی ہندٕ وہ حجان تہٕ چھہ اَتھ قبیلس سیٹھہ داتھ تھاوان پیش
چھہ شیخ العالم انسٲنی کاٹھہ جارس شہ مزانہٕ دیوان یتھ منز نرمی تہٕ تیزی آسہ
یتھ پاٹھی چھہ شہ کاٹھہ جارس تہٕ اخلاقو تھہ انسان دوستی ہندٕ انہار دوان۔
یم چھہ کیشنہ تم عناصر یم شیخ العالم شریرہ انسان دوستی ہندی یتھہ تہٕ دوٚن
بنان چھہ۔ یہ چھہ شہ پزر بنان یُس انسانس پننہٕ تہٕ باقین ہند بایتھ بیچہ
ضرر بناوان چھہ۔ موٗن زِ شیخ العالم اوس آمہ طرفِ فکر سیٹھہ دیہ شند
رضا حاصل کرن یژھان۔ تاہم اوس اَتھ منز بیہتہٕ انسانہٕ پیٚٹھ تاثیر کاری ہند

سامانہٕ تہٕ موجود۔ شہ اوس ضنوٚرٕ رٕوٚر اَکھ بوٚڈ خدا دوس۔ مگر اَمِ شیٚرٕ انسان
دوستی ہُندِ یہِ نُمایان پہلو چھُہ اَمی خدا دوستی ہُند اَکھ نوٚوٕ بوٚرٕت رُت۔

•

حضرت شیخ اُسی باغو منٛزٕ کی پھیران روزان۔ اَکہِ دۄہہ واتی اَکِس
باغس نِش تہٕ اَتہٕ کوٚرٕکھ رٕژھ کھنڈٕ قرار۔ یُس مُرید سیتھ اوسُکھ تِمۍ وۄنُکھ:
"حضرت توٚہی کیا چھِوٕ سوٚنچان۔" درجواب وۄنُکھ پیٖرٕ "دُپان چھُس یِم
زٕہی ہٮ۪تِھن گُذاران چھُس۔ تِم زٕہی گرٕژھ تِم جنتس منٛز روزٕ نکہِ وقتہٕ کم۔ یِہنٛدے
پاٹھو اُسی اَکہِ جنگلہٕ منٛزٕ پھیران۔ اَتہٕ وُچھِن کم تام لوٚکھ ٹکی ژٹان۔ قدم
تھٲوِکھ تہٕ لنگو سوٚنچنہٕ۔ یُس مُرید سیتھ اوسُکھ تِمۍ وۄنُکھ "پیٖر سوٚنچان
کیا چھِوٕ؟" پیٖرن دِیُت دَمانہٕ وۄنُس: "تِمہٕ سوٚنچان چھُس یِم لُکھ کیا زٕ
چھ کٕلِین ژٹٕ زٕرٕ کران۔ یِمن چھنا خبرے زِ "آن پوشہٕ تیٖلہٕ ییٖلہٕ وَن پوشہٕ"

بیاکھ رِوایَتھ چھےٚ زِ اَکہِ دۄہہ گوٚر کُنی تام شخصن حضرت شیخس رح
سال۔ علمدارکو جنٛدٕ ژھنیٖتھ وَقتہٕ برٕو نیٖتھے اور مگر اَتہٕ دِیتُس نہٕ ڈیٖڈو اَنو
اَندر اژنے تہٕ ژھنُکھ کَڈِتھ۔ حضرتِ شیخ گو واپس تہٕ آو نوِ سرٕ ہبان
پوشاکھ لاگِتھ۔ یِنٛتھے یہِ اور ووت اُمس ژرانے سارے بنیٖتھ تہٕ لوٚگہٕ ہَس
واوچہ داو کرُن۔ یِمہٕ ساتہٕ پیٖرن ضیافتہ برٕونہٕ کُن اَنِکھ۔ اَکھٕ دالمنہ
بَدٕل ژٲوِی تِمۍ نرِی یَلہٕ تہٕ ژاوِن بانس منٛز یہِ وُنِتھ زِ "زٕ نیٖتھو زٕ پوٚشِیو
سال۔"

•

# شیخ العالمنٕ زندگی منٛز سیاسی سماجی حالات

پروفیسر بی، این، پارمو

شیخ العالم شیخ نورالدین ولی سٕند زمانہٕ بدکڈُن چھُ زِٹھنا مشکل تہٕ پیچیدٕ تہٕ کیازِ یمہ ہِندِس زِنہٕ وٕرِہِ ییس تہٕ رحمتِ حق سپدنہٕ کِس وٕرِہِ ییس پیٹھ چھُ ہیُوٗن ہیُوٗن رایہ۔ اما کثرتِ رائے چھِ یہ زِ یِم زائے ۷۷۹ھ/1377ء منٛز تہٕ رحمتِ حق گئے 842ھ/1440ء منٛز ترٕہٹھ وہریک۔ یہ وقت چھُ کٔشیرِ منٛز سیٹھا تبدیلیین ہُند وقت تہٕ اسہِ ہیکو ونِتھ انقلابن ہُند دور۔ یہ چھُ وقت سلطان قطب الدین، سلطان سکندر، سلطان علی شاہ تہٕ ومہ وٕری سلطان زین العابدینُن۔

امہ وقتُک سیاسی تہٕ سماجی حالاتن ہُند جایزٕ ہینہٕ خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ اسہِ گژھو پتھ کالس نظرٕ دِنۍ زِ پس منظر کیاہ اوس۔ تمہ پتہٕ چھُ حالاتن سام ہینس شعور گژھان۔ تہٕ کیازِ تاریخُک کانہہ اکھ دور چھُنہٕ شُنیاہس منٛز وُدہ بران۔ یا ہشہ مشگہ پادٕ گژھان۔ بے لاگ تہٕ صحی جایزٕ خاطرٕ چھُ پتھیک پیٹھ نظر دِین لازمی۔

ترٕوہ شتھ تہٕ اکہ پیٹھ ترٕوہ شتھ تہٕ وُہس تام اوس کٔشیرِ منٛز راجہ سہدیو حکومت کران۔ جون راج چھُ ونان۔ یہ اوس فراخ دِل[۱]

---

۱۔ جون راج۔ راج ترنگنی۔ صفحہ ۶۲۔ ۶۳۰۔ ایس، کے، کول

واریاہ پناہ گژھِن تہٕ یاتری آے کشیٖرِ تہٕ راجن کوٚر نکھ خوش آمدید۔ شاہ
میر آو عیال میتھ۔ راجہ سہدیس فوجس منز گوٚ بھرتی۔ وارہٕ وارہٕ بنیوو دربارٕ
تہٕ راجہ سُند دوس۔ سید شرف الدین یُس بابا بُلبُل شاہ قلندرٕ چھُ ناوٕ، آو
ترِ مےٚ ساس چیلہٕ ہیتھ تُرکستانہٕ پیٹھٕ منگول حملہ کینٛژ لِتھ یور۔ یِمن پتہٕ
اولادِ پیٹھٕ زُو بچاونہٕ خاطرٕ یوٚت تہٕ سہدیون ڈینس گگن گیر نیلاشہ
گام روزنہٕ خاطرٕ۔

دوٚیُم واقعہ چھُ ڈولچا[1] یا ذولجو[2] سُند حملہٕ۔ دٔپان چھِ یہ اوس
مشہور چنگیز خانہٕ نہ خاندانہٕ منز اکھ منگول حملہ آور یُس ترٛے ساس گُرِ سوار
ہیتھ پیو وورِ تہٕ ووہ رُملہٕ وٕتہٕ واتتھ۔ جون راج چھُ ونان تیتھ یا ٹھی پیٹھ
واتتھ پیتھ پانٹھ ہلو چھ دال کھیس پیوان۔ تہٕ وُچھان وُچھان موٚل
تام گالان۔ اٹھن رتن کشیرِ روٗزتھ گو دِوسہ وٕتہٕ بارہ مولہ[3] دٕرکیٖنۍ واپس
قوت تن ہیتو تس بدلہٕ۔ ذولجو، امہ سُند فوج تہٕ پنزاہ[4] ساس کاشر قید
گے کشینس تل فنا۔ سہدیو ژول کشتوار۔ امہ سُند جرنیل رامہ ژندر
بیوٚٹھ لارٕ قلعس منز ژوٚرِ۔ کیٛتہ لُکھ بچے جنگلن تہٕ پہاڑن منز۔ نہ
اکھ پیٹھ جاے نہ کھینہٕ بیٹھ۔ ذولجو سُند کشیرِ نیرنہٕ پتہٕ پیوو یمن
شاہ من لارہٕ کِنۍ لوکٹھ۔ رامہ ژندر ژُھنُن فریبہٕ سیٖتی لارہٕ قلعس منز

---

[1] جون راج صفحہ ٦٥۔ ایس۔ کے۔ کول [2] بہارستان شاہی۔ صفحہ ٥٦
حیدر ملک صفحہ ٣٥۔ واقعات کشمیر صفحہ ٢٧ ذوالقدر خان [3] شری ور
صفحہ ٢٠٦، ٢٠٧ [4] حیدر ملک صفحہ ٣٦۔ بہارستان شاہی نرائن کول

ماڑھتہ پتہ بیوٚٹھ رینچن شاہ کشیرِ تختس یامہ ژُندرینہ کوٗر کوٹہ رانہ سیتۍ
کوٚرُن نیتھر مُسلمان بنیوو تہ ناو تھوٚوُن سُلطان صدرالدین۔ ہیٚندین ہُند
راج موکلیو۔ ترِ بیہم کنٚہ چھ تمن کاشرِ ین جاگیرداڑن ہٕنٛز ییمن لاوینہ
یا ڈامر اُسۍ وَنان۔ ییم اُسۍ جاگیردار۔ ییمو اُسۍ لوکٕٹۍ لوکٕٹۍ قلعہ بناوۍ متۍ
تہ پرائیویٹ فوجی دستہ تہ اُسکھ تھاوۍ متۍ۔ ذولچو نیرنہ پتہ گےٚ ییم بلکل
خود مختار تہ خود سر۔ ییم اُسۍ پانہٕ وٲنۍ لڑایہٕ کران، ژھوپہٕ کران قتل کران
تہ وقتہٕ کس پادشاہس تیتھ کھاران۔ رینچن شاہن کوٚر راج صرف ترٚین
ؤرِہ ین۔ اُمِس پتہ کھوٚت تختس ادیان دیو، سہدیوُن بوے۔ کوٹہ رانہ
رینچن ہنٛزِ زنانہ کوٚر اُدیان دیوس سیتۍ کھاندر۔ ادیان دیو موٚد تہ بیٹھ کوٹہ
رانی پانے تختس۔ شاہ میرادس بنیو مُت طاقتور۔ تمۍ زِ رناوۍ نہ بیبلۍ ژِھنن
تہ پانہ بیوٚٹھ تختس 1339ءَس۔ ییتھ پاٹھۍ گو شاہ میری خاندان شورو۔
اُمۍ تھوٚو لقب سلطان شمس الدین۔ ترٚین ؤرِہ ین کرِن جان پاٹھۍ حکومت
لوکھ اُسۍ خوش۔ ڈامرن ہنٛز رقابتھ گیہ کم۔ شمس الدینس پتہ بنیو پادشاہ۔
اُمۍ سُند نیچو جمشید (1344-1342) تہٕ اُس علی شیرس سیتۍ ژورِ یس
حملہٕ ونل بسیاپورہ (سوپورہ) بنوو ُن اکھ کٕڈل۔

علی شیر (علاوالدین) (55-1344) زہ محل خانہ بناوِن اُمۍ اکھ
اندر کوٹہ تہ بیاکھ بوڈہ گیر۔ بٲییہ بسووُن علاوالدین پور۔ یہ اوس سمجدار
تہ شانتی سان کرِن حکومت کینہ ؤرِہ ین۔

شہاب الدین (73-1355) داریاہ ڈامر اُسۍ بڈ تھیٚہ گمتۍ ختم۔

---

ا جون راج - راج ترنگنی۔ st. 340

بلۍ دٕبأوِن۔ بہودُر اوس تہٕ واریاہ مُلک تٔہ راجوارِ زٕینِن۔ مگر اُمی سٕندِ وقتہٕ سپٕد ہٲتریٚن ظُلم۔ پرٕیتھ ریتہٕ اکھ ہیوان پادشاہ سٕندِ خاطرٕ اکس مقتس بیگارِ کٲم کرٕنی۔ اُمی کھول مدرسہ بیٚیتہٕ قرآن تہٕ حدیث پرناونہٕ اَسو یوان۔ یہ اوس نہٕ بُت شِکن ٹیٚلہٕ اوس غار مُسلمن سیٚتۍ رواداری تھوان۔ جون راج چھُ ونان یٔمِس خزانہٕ کوس جنگن کیٚنہٕ خالی۔ ادیاشری (وودشہ راول) یُس اُمِس منسٹر اوس لوکٔس ڈنینہ سزا لگہٕ ہیٚنز۔ مورتی پھٔٹرادونہٕ بناوو سِکہٕ۔ بادشاہ کوس ناراض[۲]۔

تُرداہ شتھ شیٚتھٕس منز آو اکھ بوڈ شیہلاب۔ واریاہ لوکھ مودی تہٕ مٲلی نوقصان سپٕد سیٹھا۔ اُمی بسووٕ شہاب الدین پورہ۔ اَز چھِس ونان شادی پور۔ یِنٕز لوکٕٹ بوے ہِنٛڈال یا ہندو خان بنوون وارِث۔ ہِنٛڈال بیوٹھ تختس سلطان شہاب الدینٕس پتہٕ تہٕ لقب تھووُن قطب الدین۔

سُلطان قطب الدین۔ (89-1373) اُمی سٕے پادشاہس سیٚتھ گو شیخ نورالدین ولی سٕندِ زندگی ہُند سفر شروع۔ حضرت شیخ العالمؒ زاے 1377ء منز تہٕ یٔیلہٕ سُلطان قطب الدین فوت سپٕد شیخ العالم اُسی باہ[۱۲] ؤری۔ لہاذا ونوٚ اَکھ وقتس نُنٛدِ ریٚشہِ نہِ لوکچارُک زمانہٕ کشیر ہِندِن سیاسی تہٕ سماجی حالاتن ہُند اکھ مختصر پس منظر نظر تل دِوان پیہو سُلطان قطب الدین سٕندِ وقتُک جایزٕ۔ اسلام اوس نہٕ کشیر منز زیادہ پھٲلیوٚمُت

---

۱۔ محب الحسن Kashmir under the Sultans

۲۔ جون راج۔ Dutt

سرکارن اُمس پٔژ اِسلام پھہلاوِنچ کانٛہہ تدبیر کٔرمٕژ نہٕ۔ عیسن اَمہِ خاطرٕ کانٛہہ حمایت
کٔرمٕژ۔ کینٛژن عاملن منٛز اوس ٹاکارٕ لبنہٕ یوان زِ پادشاہ چھُ ہیٛندی طریقہٕ
اختیار کران۔ شریعتس برخلاف آسہٕ سُلطانن زِ بٔینٛہٕ نیٛتھر کٔرمٕژٕ۔
مُسلمان اُسہٕ ہیٛندین ہُنٛد کہی پلو لاگان۔ زنانہٕ تہٕ مَرد تہٕ سُلطان
تہٕ اوس تیٚمہٕ ہٕندی پوشاکھ لاگان یِتھہٕ لُکھ اُسہٕ لاگان۔ دوٚنوٚے فرقہٕ
اُسہٕ زلیتھ میلیتھ یِکان۔ اکھ اَکِس ہُنٛدین رسم و رواجن منٛز شامِل
گژھان۔ تہٕ اکھ اَکِس ہُنٛدین ممنوع چیٖزن پرہیز کران[1]

گوڈنیُک مسلہٕ یُس سُلطانس درپیش آو اوس یہِ زِ وُدیاشری یُن
یُس شہاب الدینُن چیف منسٹر اوس گٔو بغاوتھ۔ شہاب الدین نیٚچو حسن
ریٚو اوِدیاشریس سیٚتھ۔ مگر بغاوتھ گٔے نہٕ کامیاب۔ وُدیاشری راوُس آو کٔلہٕ
ژٹنہٕ یُس تھوو کھ جیلس منٛز۔ قطب الدینٕنہٕ وقتہٕ گو لوہار اجابہٕ ہُنٛد راجہ
خود مختار تہٕ سلطانہٕ ہُنٛد جرنیل لوکُٹ آو مارنہٕ۔

شیخ نورالدین ولی سُنٛد لُکہِ کیاژِ کُس سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ واقعہٕ
چھُ حضرت امیر کبیر سید علی ہمدانی یِمن احتراماً کنہٕ شاہِ ہمدان تہٕ ونان چھ
کٔشیر یِن۔ ستمبر 1372 منٛز آیہٕ تِم گوڈنِچ لَٹہٕ۔ ژور ریتھ گٔے مکہ شریف
زیارتہٕ خاطرٕ تیاری سیٚتۍ ہمدان واپس۔ دوٚیمہِ لَٹہٕ آے 1379ء منٛز
ڈاین ورٛی یِن روٚدی۔ بٔتہٕ تہٕ لداخ وٚتہٕ گٔے واپس ترکستان۔ ترٛیمہِ پھیر
آے 1383ء منٛز تہٕ ورٛی یِس روٚزِتھ گٔے واپس۔ ترٛیمہِ لَٹہٕ ہیٚندینک

---

1. A History of Muslim rule in Kashmir. Dr. R.K. Parimu. P. 04

وجہ اوس امیر تیمور سُند ایرانس پیٹھ حملہ۔ شاہ ہمدان صاب آو ژٲلتھ ۷۰۰ سادات ہیتھ یتہ کیازِ تیمور اوس علوی ساداتن برخلاف۔ قطب الدین ڈاو نیتھ یتہ کوٚر تمن استقبال۔ امیر کبیر بیٹھ علاؤالدین پور۔ حالا کالی شیرِ بچابہ بناوُن گمہ اکھ چبوترہ۔ اتھ آسہ نماز پران۔ قطب الدین تہ اوس نمازِ منز شریک گژھان[1] امیہ وِز اوس یتہ کشیرِ منز مسلمانن ہُنْد تعداد زیادٕ۔ مسلمان آسہ نہ پلوو یا روزنہ کین طریقن منز ہیندین نشہ ہیوٚن لبنہ یوان[2] کالی ہندس مندرس اوس قطب الدین تہ مسلمان لوکہ نہ گژھان[3] قحط سالہ خاطرٕ کوٚر سلطانن اکھ ہوَن تہ برہمنن دِیُن نوٚ حِصہ[4]

مگر شاہ ہمدان صابن آو سلطان سُنْد یہ سورُے طور طریقہ ناپسند۔ ساداتو کرٕ اَتھ مُژاَئی۔ سلطان قطب الدینن ژیٚت امیر کبیر سندین وننس پیٹھ زِ چہ زنانہ طلاق۔ تہ کینس ہش ہمس سورہ راٲفی نا اوس کرُن دوبارٕ شریعتہ مطابق نیتر۔ سلطانن بدلوو پننس پوشاکھ تہ۔ لاگن ننجھی پلو بیتھی مسلمان ملکن منز رایج الوقت آسہ۔ شاہ ہمدانن کوٚر لوکن ہنز امیرِ اِصلاح سُند وٚنہ مت سوچینک تہ رونک طریقہ واضح۔ تِم پننہ مثالہ سیتی ہووُن تہ وعظ تہ تبلیغ کرِتھ۔ وایہ بہتین سیتی کوٚرن بحث مباحثہ۔ تہ وارباہ پھیر نوٚن پانس کُن تہ بناوِن مسلمان[5]

---

[1] بہارستان شاہی۔ f.24 [2] حیدر ملک f.36 [3] فتوحات کبرویا۔ f.147 [4] تاریخ سید علی P.8 جون راج P.53 Dutt [5] فتوحات کبرویا f.1476-78 حیدر ملک f.110

قطب الدینس اوس امیر کبیرن سٕند سیٹھاہ احترام۔ دوہ کے اوس تمن
نش گژھان۔ مگر تہنز ساریے کتھہ مانان نہٕ۔ شہ اوس نہٕ ہیکان کرِتھ دشمن
بُتھان بناوُن۔ شاہ ہمدان صابن دژ نس اکھ ٹوپی یۄس سلطان رُود
لاگان پننس تاجس تل۔ یہ رِواج روٗد چالو فتح شاہ سٕندِس وقتس تام ییلہ
یہ ٹوپی آیہ وڈٕراونہٕ سلطانس سیتی۔ تہند وصیتہ مطابق۔

امیر کبیر گئے واپس۔ واریاہ سادات روٗد ییتہٕ یمن منز مولانا محمد
علی البلخی۔ میر حاجی محمد بیترِ نہٕ سلطان قطب الدینس لگو شریعت ہیچھناونہٕ۔
قطب الدینس زاو بڈٕ نیچو لہ کر سکندر۔ جشنہ آے مناونہٕ۔ خدا لحت کرنہ قیدک
یکہ ژراونہٕ بیترِ۔ دوٚیم نیچو زاس۔ ناو تھووہس ہیبت خان۔

سلطان سکندر۔ (1389-1413ء) اٗکھ سیتو سٕند شیخ العالمن سٕنز
زندگی ہٕنٛد دوٚیم پانے بلوغیت تہٕ جوانی ہٕنٛد دور شوٗرٕ۔ سلطان سکندرن
سٕر ۲۴ ہن وریہن حکومت کشیرِ ہٕنٛد بیچھ حالاتو پھیر نووُ ورق۔

نابالیغ سکندر بیوٚ تختس دوٚن ژامرن ہنز نظرِ سیتو۔ اُدا (راۓ
ماگرے) تہٕ سہا۔ اُداہن دیت ہیبت خانس زہر۔ سہا تھٕنٛس دوکھ
سیتو قتل کرِتھ۔ سکندرس اٗس ہیکان کر زنانہ شوٗبھا۔ تمو سٕنٛدی بابے
تھیچ راجن زنان بعد ٹٔث۔ تو پتہ آو راۓ ماگرے ہن تھٔن کچھ راج
قائم کرُن۔ پتے سکندرگو بالیغ تمی ووڈ راۓ ماگرے ہٹاوُن کیا نہ

---

۱ جون راج۔ Dutt P.53 ۲ جون راج S.K.Koul P.92

(Stt. 545-47 ۳ جون راج S.K.Koul .549)

سہ اوس حد کھوتہ زیادٕ طاقتور بنیوومُت۔ ڈامر کرنآوون پانہٕ وآنی ہُر۔ رائے مآگرے ژوٗل تہٕ کرِن بغاوت۔ پانچ پٕرچہ لڑایہ منز کھیوون شکست جیل خوٗدکھ تہٕ تتھو موٗد۔

1398 ءمنز کوٚر امیر تیموٗرن ہندوستانس پیٹھ حملہٕ۔ لوٗٹ تہٕ پلر ہے ژھٹ۔ مگر سکندر اوس گاٹُل۔ تمہِ سوٗز توٚری ہنٛز دربارٕچ مولانا نور الدین تحفہٕ ہیتھ تہٕ تیموٗرٕ نِش آن مآرنن تہٕ بلاے ٹآرِجن۔

سکندرن کرٕ نٕوجایہ زمینہ ہنٛز کوٗشش۔ صرف گوٚرن اوٕ ہندک راجہ فیروز مغلوب تہٕ تہنٛز کوٗرِ ہرایہ ستی گوٚرن کھانٛدر۔

سہہ بٹ اوس سلطان سکندر سُنٛد کمانڈر انچیف۔ سہہ بٹٕ تہٕ لدا راجہ سوٗزن جوٗم راجہ پالٕ دیوس برخلاف۔ اُمہِ اوس باج دِنٛن بند کوٚرمُت۔ راجن مآنی آن تہٕ پننٛز کوٗر۔ شوبھا دیوی۔ سوٗزن سکندرس نیتھر کرنہٕ خاطرٕ

سلطان سکندرٕ نِش پرائیویٹ زندگی ہنٛز چھنہٕ زیادٕ خبر دِنہٕ یِوان۔ پچھ سہ اوس سیٹھا۔ شراب اوس نہٕ چیوان۔ گیوٚن تہٕ باجہ اوس نہٕ بوزان۔ طبیعتہٕ کنہِ اوس Puritan۔ تمہِ کوٚر منع شان وشوکت۔ خوشی مناونی۔ زوٗل کرٕن۔ شادیانہ کرُن۔ گیوٚن تہٕ گنٛدُن۔ ملکس منز[1] تمہِ کرِ زٕ ٹیکس باج تہٕ تمغہ معاف، ییم شہاب دینن لاگی ہتھ آسہِ[2]۔ باج تہٕ تمغہ آسہ مآلیہ علاوٕ لیوان ہینہٕ گرٕن، اگاوٕن، ژھاولین۔ ریشمی کپرٕن بیتر[3]۔

---

[1] نظام الدین۔ طبقات اکبری iii صفہٕ 433 [2] بہارستان شاہی ۱۹a ۴۱۹
[3] Wilson's Glossary

شُرٕ ہِن ہِنٛدِ خاطرٕ کھوٗلِن موٗکوٗل ۔ ہسپتال بناوِن یِتھ دوا تہٕ بتہٕ
اوس بیمارَن مُفت میلان۔[1] مسافرَن تہٕ سیدَن ہِنٛدِ خاطرٕ بتھوٗیِن وارِیاہ
گام وقف ۔ یِمنٛیٚک مالیہ تِم نوان اُسی ۔ اوقافن اوس شیخ الاسلام
انتظام کران ۔ سکندر اوس صوفیین تہٕ عالمن عزت کران ۔ وسطی ایشیا
تہٕ فارسہٕ پیٹھٕ آے وارِیاہ صوفی تہٕ عالِم یوٗت ۔ مثلن سیّد حسن شیرازی
سیّد احمد اصفہانی ۔ سیّد محمد خوارزم ۔ سیّد جلال الدین بخاری ۔ بابا حاجی
اُدھم ۔ بابا حسن بلخی بیترِ ۔

سُلطان سِکندرنہٕ وقتُک سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڑ واقعہ چھُ حضرت
سیّد محمد ہمدانی سُنٛد کشیرِ یُن ۔ ترواہ شتھ تہٕ ترٛہ نمتس (1393) ہِشر ۔ سہ اوس
22 وُہُر ۔ سِکندرنہٕ اوس لوٚہ کوٚٹ ۔

سیّد میر محمد ہمدانی سٕنٛدِ ییٚنہٕ سیتی گوٚو کشیرِ اکھ نوٚو دورِ شوٗرٕ ۔ وارِیاہ
ہیٚنٛدو گے مُسلمان ۔ خاصکر سہہ بٹ یُس سکندرن سُنٛد وزیر اعظم تہٕ کمانڈر
انچیف اوس بسہہ بٹس پیوٚ ناو سیف الدین ۔ کور ڈِژٕن بیترِ کو سید محمد ہمدانی رئیس
سُلطان سکندر بنیو سکندر بُت شکن ۔ سہہ بٹ یا سیف الدین ژاس
شیطان بنتھ نستہ گنو ۔ ہیٚنٛدین گوٚو بیاہ دور شوٗرٕ ۔ تِمنٛزٕ پوٗشہٕ تہٕ دیوتامن
ہِنٛز موٗرتی آیہٕ پھٕٹرٛاونہٕ ۔ مندر آیہٕ والنہٕ تہٕ مسمار کرنہٕ ۔ کینٛہہ نامٕ کار مندلہٕ
چھِ یِمہ : مارتنڈ مندر ژونہ ۔ وجے شا وٚیچہ برار ۔ ژکر برہٹ یارنہٕ کدر
وٚیچہ برار ۔ ترٛیہ ریشور تریپھر گامہ ۔ ایشرک مندر ۔ سریشور ویشنو ۔ وراہ مندر

---

[1] بہارستان شاہی ص 34

وٕرمُلہ بیتر[1] جون راج چھُ ونان بُٹن ہندین لچہ تہٕ لیَن روٗدُنہٕ کانٛہہ طاقت۔
تہٕ منسمقر گےٚ بیکار[2]۔

جون راج چھُ لیکھان سیّد جلال الدین بخاری یُس سیٚتھا آیہ سیّدن
ہُنٛز بیاکھ جماعت دان کٔشیٖرِ منٛز ہلوٗن ہندی پاٹھی۔ تہٕ ہٕنٛزو کُٹ پھٔٹ
راوٕنی تہٕ ہیٚنٛدی بناوٕنی مسلمان[3]۔

یہ چھُ پوٗز یمہ وقتہٕ برٛونٛہہ کالہ بودھ راجہ چھِ اُسو ہتہٕ مشلن
کالمنیا۔ جالوکا۔ کلشا۔ ہرش بیتر۔ تِمو تہٕ چھِ مندر واٚلی ہیتر۔ تہٕ مورتی
پھُٹہٕ راوٕ مٕژ۔ مگر تِہنٛد تیداد اوس نیٚبہٕ اَڈ نگجن بیچہٕ گٔنٛز راونس
لایق ڈیو سیٚتھا کم۔

ڈُنہٕ کیس یمو برہمنو جبرٔت ہیوٚد تہٕ دٔہ روٗدمہ بُتن لو ٹمگیس
یمتہ جز یہ ونان چھِ۔ ترٛہ پلہ روہ یہ پنٛدی۔ میر محمد ہمدانی صاحب تہٕ واپس
یہہ وہری[4] اڈی چھِ ونان شہ رٕود ییٚتہ 22 ہزار ورہ یتن[5]۔

سلطان سکندرن کٔرہ واریاہ تامیر۔ تِمو بسو و سکندر پورہ۔ یمتہ ازکل
نیٚٹ ونان چھِ۔ اَتہٕ بنووٚن محلہ خانہ تہٕ بٔنیہ جامع مسجد۔ صدرالدین خراسانی

---

[1] بہارستان شاہی۔ قلمی نُسخہ 23a۔ تاریخ سیّد علی قلمی نُسخہ f. 13a-b۔ حیدر ملک قلمی نُسخہ p. 44۔ فتوحات کبرویہ f. 157

[2] جون راج صفحہ 92۔ ایس کے کول (st. 591) [3] جون راج۔ ایس کے کول (stanza. 576) [4] ایضاً (st. 606) [5] تاریخ سیّد علی صفحہ 27۔ [6] تاریخ کبیر مسکین صفحہ 23 [7] محب الحسن p. 64

اوس جامع مسجد ہنٛد Architect ۔ اتھ آسۍ 372 ستونٕ لگیمٕتۍ ہندک
40 گز تھٔدۍ۔ تہٕ شتھ گز لیپیٹہٕ گژھ۔ وۄنۍ تہِ بناوِن اکھ مسجد سرینگر
نٲوِن عیدگاہَس نکھ یاد۔ امہ بناوِ خانقاہ ۔ وچھ ، ترالہٕ تہٕ سوپور، علاو
الدین پورہ امیر کبیر سنز جاے پیٹھ بنووٕن خانقاہ۔ یتھ خانقاہ معلی
چھہ وَنان۔ تہنزٕ کام تھاوِ دستٕ وقف۔ چھوٹہٕ کیس ناگس نیشہ بناوِن
اکھ مسجد۔ سکندر اوس اتہٕ بہارٕس منز بہان۔ سکندرن گو رحمت حق 1413
عیسوی منز۔ میراہ ہنٛد بٔچھ میرکوٗرن تختہٕ خاطرٕ نامزد۔

علی شاہ (1413 - 1419) میرخانٕن تھوٗو لقب علی شاہ۔ امہ
وِز آسہ ہے حضرت شیخ العالم 35 ؤرُہ ہیو۔ تمہ اوس ریاضت ہنٛد بنیچ
پوٗر کوٗرمُت۔ امہِ وقتس وزلے تمہ کشیر ہندس سادس۔ یہ چھہ ہکوتمن
آسہ ہے آمہ وِز سید محمد ہمدانی صابٕن ارشاد میوٗلمُت۔ نہ کیا زِ جاپہ جاۓ
پھیرہٕ نکیس دورانس منز گرٕ تمہ یُنہ روحانی ترغیب کٔرکھ کیتھہ بڈٕ ساد
تھلن بنمہ ساد پٮ بابا بام الدین ہیوٗناو۔ لُدی رینہ (بابا لطیف الدین)
بیترٕ ہنٛس رٔشنہ داُیرس منز شامل شیخ العالم روٗدہ پٔتہٕ 27 ؤری یکن
سفرٕ کران۔

سُہہ بٹ بنیوو علی شاہٕن پرایم منسٹر۔ تمہ ژٔھن زوسے کرٕمتہٕ
لدامار گیشا (لدی ماگرے) جیل۔ تمہ سِندی ساری نیچو کہ بوأے محمد ماگرے
گوٚن بند۔ پتہٕ رۆٹن محمدن تہٕ تھووٕن بیرہ قلس منز جیل۔ یلہ محمد ژٔل
اتہٕ وٲتھ لوٗہر۔ سیف الدینن ژٔھن لدی ماگرس قتل کرٕتھ۔

جون راج چھُ وَنان لدی ماگرے اوس لۄکن ڈوٗلھ تہٕ مارِ دِہے
لۄکوٗ وۄڈ اُہنٛدِس مرنس پیٚٹھ۔

جون راج چھُ وَنان کہ سُلطان سکندرنس ہُنٛدِن پیٚٹھ ظُلمس
اوس حد۔ مگر سُہٕ بٹہٕ نس ظُلمس اوس نہٕ اۄنٛد بۄر۔ تِمو کٔر ہۄن۔ بِگیہ
تہٕ دھارِمک کامہ بنٛد۔ بٹہٕ ہیٚکہ ہے نہٕ ٹیٖوٗک لٲگِتھ۔ کٔشیرِ منٛز نیٚبرٕ نیرُن تہٕ کھاٗ
لٲگِن پرمِٹ۔ دٔرِتھ تہٕ نیٚبر نیرِن وَتن تھٲوِن سپاہ۔ واریاہو برہمنوٚ زول
پان۔ پہاڑو پیٚٹھہٕ ژراویکھ وتہٕ۔ زہر کھیٚیوکھ۔ جماعتہٕ دُرایہ مُشکِل وَتو۔ واریاہ
موٚدو تہٕ دۄیمکھ بلاے ژُج۔ واریاہ گےٚ ژٕلنس منٛز کامیاب۔ اُمہ وِزِ
اوس سیّد میر محمد ہمدانی واپس گومُت تہٕ سُلطان سکندر اوس پیٚمہ عالمہ
گومُت۔ آخرس گو سُہ بٹن سلہ تہٕ موٚد ہۄژر ہۄژی۔[1]

شاہی خان۔ ۱۴۱۹ منٛز گو علی شاہ حجس۔ شاہی خان پنُن لۄکُٹ
بوے بنوٚوُن وارِث تہٕ ناو تھوٚوُنس سلطان زین العابدین۔ مگر حجہٕ پیٚٹھے
آو واپس۔ جمیٚک تہٕ راجوری ہُنٛد فوجا ہیٚتھ۔ شاہی خان ژوٗل سیالکوٹ
جسرتھ کھوکھر سُنٛد مدد اوٚنُن۔ جنٛگ سپُد۔ علی شاہ لوٗد کھ جیل تہٕ
تتھ موٚد۔ زین العابدین بییمس بڈشاہ صاحب وَنان چھِ بیٚوٚ تھ تختس

سُلطان زین العابدین۔ (۱۴۲۰-۷۰) تہٕ چھِ شیخ العالمؒ سٕنٛز
زندگی ہُنٛد ژیٚیُم تہٕ آخری دور۔ یہ چھُ سُہ دور ییٚلہ تِمو ژُنی پُنس
خودایہ سٕنٛدِ کُنیرِک تہٕ انسانی بٲے بنٛدِ تُک سبق دیُت۔ اَتہٕ گژھ کِیہ دور

---

[1] جون راج۔ ایس، کے، کول صفحہ ۹۹-(SLZ. 652. 656 - SZ 662)

تہٕ مذہبی رواداری ہُنٛد ژونٛگ گوٚروٚشن۔ ژوٚہ پارٕی چھیوٚر کاشِر۔ بڈشاہن
تھوٗو برہمنن شفقتُک اَتھہ پیٹھ۔ کانٛسہ رُود نہٕ جبر بتہٕ تمن خاطرٕ
تنگ کرنس۔ جزیہ کوٚرُن نیوٗت کم، یُس زَن نہٕ آسنَس برابر اوس۔ ترٛیٚ
پلہ = 12 تولہ = 192 ماشہِ روٗپہ، اوس جزیہ تمہ وانہٕ نوٚوُن یکدم
اَکس ماشس پیٹھ۔" جزیہ کہ از زمان سابق بر ہنود مقرر شدہ بود از
کثرتِ مبالغہ شری بھٹ و التماس عفو و بخشش معاف گشت"۔[1]

زین العابدینن کرٕ وُسی ہیمتین مکانن تہٕ مندرن مرمت[2]۔ موٗتی
پوٗزا گیے بییہِ شوٗرو۔ شہرن تہٕ گامن منز آیہِ نوٚ سرٕ موٗرتی لگاونہٕ۔ لداخس[3]
منز بچاوٕ اکھ سعہٕ پشر موٗرتی سُلطانن تباہ گژھنہٕ نِشہِ[4]۔ تلک
آچاریہ بودھ آو بناونہٕ "مہاتما" یانی مدار المہام۔ شری بھٹ تہٕ بییہ
بٔٹن ہُنٛد رسوٗخ بڑیوو زین العابدینس پیٹھ۔ ہیٚندین میج بیٚز تہٕ زندگی
لنگرٕ تہٕ دھرمسالہٕ آیہ بناونہٕ۔ ریشوارٕ آو اکھ لنگر یوٚگین ہنٛد خاطرٕ
بناونہٕ ییتھ جایہِ جوٗگی لنکہ از وَنان چھہ۔ عدالتن منز آیہ رشوت تہٕ بیماری
دوٗر کرنہٕ[5]۔ اکھ سیّد پیمو اکھ یوٚگی موٗر، آو تمس کھارِتھ شہرس پھیراونہٕ
اخلاقی قدرٕ آیہ سماجس منز نوٚ سرٕ زِندٕ کرنہٕ۔

زین العابدین اوس فوجی لحاظ طاقتوار۔ قندھار، سندھ، مدرا
راجوری۔ ادبانڈ پورا تہٕ بدین راجوارن پیٹھ اوس دبدبہ۔ لداخس منز

---

[1] آئینِ اکبری جلد II صفحہ 388 [2] جون راج (SL. 949) حسن III صفحہ ۵. (SL. 800)
[3] بہارستانِ شاہی۔ f. 23a [4] جون راج SL. 834 [5] جون راج۔

زٕمین کوٚجی۔ شایہ تہٕ ملوبا۔ ماٗلی حالت اوس کشیرِ ہنٛز ٹھیک۔ زراعتس

کٔر اوس سُلطانن سیٹھا توجہ دِوان۔ واریاہ کوہل آیہ بنٲونہٕ خاطرٕ

کھنٛنہٕ۔ مثلن:

کاکہ پور کوہل۔ لچھم کوہل۔ زٔکدر کوہل۔ کرالہ کوہل۔ وکھٕ نٹھ پور

کوہل۔ شاہ کوہل۔ لال کوہل۔ زٲنہٕ گیر کوہل۔ تہٕ نالے ماٗر۔ نمبلہٕ منٛزٕ آو

آب کڈنہٕ۔ تومُل اوس منٛزٕ وُگ[1]

غٲر مسلم اُسہ بڑین بڑین عہدن پیٹھ۔ سیہہ بٹ۔ روٗپہ بٹ

اُسہ دربارکو جوتیشی۔ کرپورہ بٹ اوس شاہی حکیم۔ سِریہ بٹ اوس

عدالتک سپرنٹنڈنٹ۔

سلطان اوس علمک شوقین تہٕ قدردان۔ صوٗفین۔ شاعرن تہٕ

عالمن آسہ دِنہٕ آمٕژ زمینہ۔ جون راج تہٕ شری ور اُسہ دربٲری تاریخ

لیکھن واٲلی۔ یودھ بٹ اوس ویدک سکالر۔ نوتسوم پنڈت اوس

شاعر تہٕ لیکھن زینہ زُرتر۔ بٹہٕ اوتار لیچھ زینہ ولاس۔ زین العابدین

کورُ اکھ ٹرانسلیشن بیورو قایم۔ سُلطان اوس سکالر تہٕ شاعر۔

Arts & Crafts ۔ دستکارین تہٕ اکہ کامین آو ہرُر تہٕ

پوچھر دِنہٕ۔ کاغذ آو بناونہٕ تہٕ کتابن جلد کرنہٕ۔

Music ۔ زین العابدین اوس نہ گیوَنس تہٕ نچنس خلاف۔ شری

ور۔ ملا اودی۔ یودھ بٹ تہٕ جمیل اُسہ ژاینہٕ گیون واٲلی۔

---

[1] حیدر ملک R9-125 . ج . ۴۴۔

.Buildings - تعمیر سپدٕ واریاہ۔ نوشہرٕ، زانہٕ پورہ، زانہٕ کوٹ۔ ژانہٕ گیر جامع مسجد کرٕن مکمل۔ زانہٕ کدل بنوون۔ زانہٕ لنک بیتر۔ ژھوٹ پاٹھو نور شیخ العالمہٕ سنٛز زندگی ہنٛدس آخری وقتس منز کٔشیر پٮ۪ٹھ رنگہٕ ترقی بلہٕ سیاسی تہٕ سماجی آب وہواکو خوشگوار کو کرٕ کھیٹہٕ تمہٕ نیٛشدرٕ۔ شیخ العالم چھ ونان:

کٔشیر اُسہ بوزٕکھ کیٛتہ نوروزٕکھ

اُمی کٔشیرِ ن گوناہ دیٛت جلاو

عقل تہٕ فکر تور کوت سوزٕکھ

کٔم مالہ چھیتھ ہشوک سہ دریاو

# شیخ العالم تواریخن ہِندِس آئینس منز

غلام رسول بٹ

حضرت شیخ نورالدین نورانی رحمتہ اللہ علیہ چھِ کشیرِ ہِندی
ولی اللہ تہٕ ریشن ہِکہ زِٹھ یمَن باسعادت ولی اللہن ہِند مشرب تہٕ مسلک
ریاضات، کرامات، پند و نصایح تہٕ میونٹھ تہٕ موٗدُر اثر کرِ وِنہِ کلامہ ہا کہ
سیتو چھِ کشیرِ ہِند تواریخہٕ تہٕ تذکرن ہِندی صفحاتن یا تی مزین بُلہ کر
چھِ ریشہٕ نامہ تہٕ نورنامہ ابتدا پیٹھٕ تصنیف آمتی کرنہٕ۔ وُنہ تہٕ چھ یہ
سِلسِلہ جاری۔ تاریخن تہٕ تذکرن وغارن ہِنْد مُطالعہ سیتو چھ یہ کتھ
معلوم سپدان زِ یِہِندِس تاریخ تولُدس تہٕ تاریخ وصالس پیٹھ چھ
مورخن تہٕ تذکرہ نویسن پانہٕ وانی اختلاف۔ کیشمہ تاریخ نویس چھ یِہِنْد
تاریخِ تولُد ۷۷۹ھ تہٕ وصال ۸۴۲ھ لیکھان۔ کیشمہ چھ تاریخ تولُد
۷۵۷ھ تہٕ وصال ۸۲۰ھ لیکھان۔ اکھ تاریخ نویسن چھ یِہند تاریخ
تولُد ۷۷۹ھ تہٕ وصال ۸۳۶ھ لیوکھمت۔ یہ اختلاف کیازِ چھ؟
یہ کرِ اکھ پیٹھ تاریخن تہٕ تذکرن ہِندِس آئینس منز وضاحت۔

تواریخن ہِنْد مُطالعہ تلہ چھ باسان زِ کشیرِ منز چھ تواریخ نویسی
قدیم زمانہ پیٹھے جاری روزمُت۔ یانہ کشیرِ ہِند قدیم تواریخ چھ راج ترنگنی

ییُس کلہن پنڈِتن چھُ راجہ جے سنگہ سُند عہدس منز تالیف کورمُت۔ کلہن
پنڈِتن تہٕ چھُ پننِس تارِیخس منز قدیم زمانہٕ کین مورخن ہُند تذکرہٕ کورمُت۔
یمن منز چھِ رتناکر، پدمہ مِہر، بھولا راج، کھیم اندر، سورت وغارٕ۔
امتدادِ زمانہٕ سبٕبہٕ چھِنہٕ یمن ہنز تواریخ فی زمانہٕ دستیاب۔ کلہن پنڈِتُن
پتہٕ پانے سنہ ۱۱۵۰ء پیٹھ بڈشاہ سُندِس دورس (سنہ ۱۴۲۹ء) تام چھِنہٕ کانہہ
تہٕ تاریخ تالیف سپز منز۔ گویا اَکھ بگ ترٛین ہتن وریین تام چھُ تاریخی
سلسلہ لیکھن موقوف روٗدمُت۔ اَتھ معطل روٗدِ ہتس وقتہٕ کیس
درمیانہٕ کِس زمانس منز چھُ کشیرِ ہندِس راجہ سہدیو سُند وقتہٕ سنہ ۷۲۰ھ
منز ذولچو تاتارن کشیرِ پیٹھ حملہٕ کوٚرمُت۔ سہدیو ہیوٚکنہٕ ذولچو سُند
مقابلہٕ کٔرتھ۔ سہ ژوٚل دُلک ترٛاوِتھ کشتوار تہٕ ذولچو تاتارن ژاو بلا رُک
ڈوک کشیرِ منز تہٕ پیٚتھ کٔرنکھ بیکسن کٔرن بے دردی سان قتل۔ یہ روٗد برابر
اٹھن رٔتن قتلہٕ غارت گری کران۔ کشیرِ منز ژٔیت آیہ جایہ جایہ نار۔ غلہ
دِغارٕ زوٚلکھ۔ ذولچو سُند حملہٕ تہٕ غارت گری سٟبٕبہٕ گیہٕ کشیرِ منز بیشتر
آبادی ختم۔ مابعد کیو تاریخ نویسو چھُ لیوٗکھمُت زِ اَمہِ حادثہٕ پتہٕ تراوٕ
سرینگرٕچ جنوٗباد توٚ سٕر کہوٚ خاندانوٚ تہٕ کشیر روٗز وادیاہ کالس غارٕ
آباد تہٕ ویران حالتس منز۔ بہارستان شاہی تاریخ کشیرِ چھُ سنہ ۱۰۲۳ھ
بعد شہنشاہ جہانگیر تالیف چھُ سپدمُت۔ اَمیُک مصنف چھُ اَمہِ
وقتہٕ تہٕ لیکھان زِ کشیرِ منز بیچھ جایہ غارٕ آباد علاقہٕ چھُ وَنہٕ تہٕ پوان
تہٕ لکھ چھِ دپان زِ "اینجا تکہٕ ذولچو درمون گشتہ است"۔

سنہ ۸۲۳ھ یس منز بیٚیلہ بڈشاہ کشیرِ ہُند بادشاہ بنیوو، کشیر

منز سپد علم و ادبک دور شروع۔ واریاہ کتابہ آیہ تألیف کرنہٕ۔ واریاہن سنسکرت کتابن ہُند ترجمہ آو فارسی پیٹھ منز کرنہٕ۔ عربی تہٕ فارسی کتابن ہُند ترجمہ آو سنسکرتس منز کرنہٕ۔ یِمہ کتھہ ہُند تہٕ چھُ پے میلان زِ کاشُر زبانی منز تہٕ آیہ کتابہ تألیف کرنہٕ۔ اَمہ علاوٕ آیہ بڈشاہ سُندِس دورس منز تواریخچہ تہٕ تألیف کرنہٕ۔ یِہنُند تذکرٕ چھُ بڈشاہ سُندِ زمانہٕ پتہ کیو مورخو پننہٕ تاریخن منز کورمُت، یِم وُنی کینژس دستیاب چھہ۔ بڈشاہ سُندِس دورس منز یِم تواریخ تألیف سپدی تِمہ چھہ تِمن منز چھہ۔ وقایع کشیر مصنف مُلا احمد تاریخ نادری۔ تاریخ قاضی ابراہیم بن حمید الدین۔ زینہ ولاس مصنف بٹے اوتار۔ زینہ چرت مصنف سومہ پنڈت۔ زینہ ترنگنی مصنف زونہ راج۔ زینہ راج ترنگنی مصنف شری ور۔ یِمو تواریخو منزٕ چھہ اَسہ وُنی کینژس حرف زینہ ترنگنی مصنف زونہ راج تہٕ زینہ راج ترنگنی مصنف شری ور دستیاب۔ باقے تواریخن ہُند چھُ صرف تاریخن منز ناوے یوان میلان۔ مگر یِہُند جسم چھُنہٕ حاصل سپدمُت۔ جونراجن چھہ راجہ جے سنگھنہ عہدٕ پیٹھہ بڈشاہ سُندِس عہدس یانے ۱۴۵۹ء تام کشیرہِ ہِندۍ حالات درج کری مِتۍ۔ جونراج چھُ بڈشاہ سُندِس عہدس منزٕ گُزرِیومُت۔ اَمِس پتہ چھہ اَمۍ سُندۍ شاگرد شری ورن بڈشاہ سُندِ عہدٕ پیٹھہ فتح شاہ سُندِس عہدس یانے ۱۴۸۶ء تام مُلکی حالات درج کرِی مِتۍ۔

جونراجن چھہ زینہ ترنگنی کلہن پنڈت سُندِ راج ترنگنی مُطابق منظوم سنسکرت زبانی منز حالات درج کرِی مِتۍ۔ جونراج یِم حضرت شیخ نورالدین نورانی سُندۍ ہمعصر چھہ اَسی مِتۍ تِمو چھہ تہٕ شیخ العالمہٕ سُندۍ حالات اَنہٕ

منز درج کرمِت۔ نہ چھکھ واضح طور یہنز کانہہ تہ ذِکر کرمُت۔ صرف چھ یوٚ
پتہٕ کنہ لیکھِتھ زِ سُلطان سِکندرن کوٚر اَکھ مقدٕ پایک مُلا نوٗرالدین جیلس
منز بند۔ وضاحت سان چھکھ نہ کینٛہہ تہ لیُوکھمُت زِ یِم کَم اُسی تہٕ کیٚتھ
پیٹھ آیہٕ بند کرنہٕ۔ فارسی موٚرخو چھُ اَمہِ دورکو نورالدین ناوکین دۄن بزرگن
ہِنٛز ذِکر کوٚرمُت۔ یِمَن منٛز چھ سیّد نورالدین یِم حضرت سیّد حسین سمنانیؒ
سٕندی ہمشیرٕ زادٕ اُسی۔ یِہُنٛد مقبرٕ چھُ رَنگہِ مسجد متصل زٕ اَمنہ کدلہٕ۔ یِمَن
مُتعلق چھ موٚرخ سیّد علی لیکھان:

"ازاں جملہ میر سیّد نورالدین علیہ الرحمہ عزیزی بزرگ
وعالی درجات است. ہمشیرہ زادہ سیّد حسین سامانیؒ
است۔ ہر محتاجی کہ بآستانہ ایشان توصل جوید بمراد خواہد
رسید۔ مقبرہ منورہ ایشان پیوستہ گی برنگہ مسجد متصل
زینہ کدل واقع است۔"

مُلا نورالدین یِم سُلطان سِکندرنٛہ وقتہٕ پیٹھ بڈشاہ سٕندِس
وقتس تام مذہبی رہنما اُسی۔ یِم چھ بڈشاہ سٕندِس دورِ حکومتس منز گُذرِمٕتؠ
یِمَن مُتعلق چھُ مُصنف بہارستانِ شاہی لیکھان:

"در عہد سلطنت زین العابدین جماعتی بسیار از
درویشان صاحب حال معروف ومشہور بودند چون شیخ
سلطان پکلی وشیخ نورالدین ریشی ومولانا عثمان مجذوب
وشیخ زین الدین ریشی ومیر ویس مجذوب ومولانا نورالدین
ومیر سید محمد مدنی وسید حسین بلادر وغیرہم کہ بعضی از

ایشان از عہد سلطان سکندر تا بعہد زین العابدین در

حیات بودند۔"

دوٚیمہِ ژھ سوال زِ جوٗنراجنہٕ لیکھنہٕ موجوٗب چھا ییم مُلا نورالدین

حضرتِ شیخ العالم صاحبٕ اُسی، کینہٕ پیچھ کُنہٕ ییمن دوٚن بُزرگن ہُنٛز

ذِکر آمُت کرنہٕ ییموٚ منٛز چھا کانٛہہ اکھ بُزرگ اُسی۔ اگر یہٕ واقعہ آسہِ حضرتِ

شیخ العالمس سیٖتھ پیش آمُت نتہٕ آسہ" فارسی موٚرخو پیٚٹھ کینٛہہ ضروٗر

لیٚچھمُت۔ چونکہ ریٚشن ہُندِس مسلکس تہٕ منٛز بس پیچھے سانِہن تواریخن منٛز وضاحت

کرنہٕ آمٕژ زِ" ریٚشی چھ تس وَنان ییس زاہد، عابد تہٕ سخت ریاضت کش

آسہِ۔ اولاد تہٕ بایُٔز نش آسہِ فارغ سارِوے نفسانی خاہشاتو تہٕ دُنیاوی

لذتو نش آسہِ مبرا۔" خواجہ محمد اعظم دیدہ مری، مورخ کشمیر چھ ریشن ہنٛز وضاحت

یتھ پاٹھو کران:

" ریشی کسی را گویند کہ از زمرہ زاہدان و عابدان در

ریاضت سخت و صلب تر باشد و خود را از اولاد و ازدواج

فارغ دارد، دست از جمیع آرزوہا و ہوا و ہوس بردارد چہ

جای ملک و مال۔"

امہِ وضاحتہ تلہٕ چھ نبان زِ حضرتِ شیخ العالم ییم ریٚشی چھ اُسی

تمن آسہِ ہانہٕ دُنیاوی جاہ و جلالس سیٖتھ کانٛہہ تہٕ تعلق۔ نیم کرِ ہُمن تہٕ تیٚمژ

کانٛہہ کینٛہہ ییمہ سببہٕ سلطان سکندرن تمن جیلس منٛز بنٛد کرِ ہُمن۔ بییہ

چھینہٕ حضرتِ شیخ العالم جوٗنراجنہٕ لیکھنہٕ موجوٗب" پرم گورو" یانے تھُد

پایکو مذہبی رہنما امہِ وقتہٕ اُسی مُتو۔

زونہ راجن چھہ یہٕ پیٹھٕ نِس توارِیخس منز حضرت بُلبُل شاہ،
حضرت میر سیّد علی ہمدانی، للہ عارفہٕ یٕہ اَمہ وَقتہٕ کین اسلامی مشائخن
عُلماہن تہ بڈشاہ سِنٛدین دربارین ہٕنٛز اَمہ وَقتہٕ کین دوٚیمین تواریخ دوٚسن
مُلّا احمد، مُلّا قادری، قاضی ابراہیم، حکیم منصوری سِنٛز ذکر کٔرِتھ امس
پیٹھٕ اَمہ سٕنٛدی ذاتن شری دِتھ تہ چھٕنہٕ حضرت شیخ العالمہٕ سٕنٛز ذکر
" ژینہ راج تو نگھنی " منز کٔرمِژ۔

بڈشاہ سِنٛد عہد یانے ۸۲۳ھ پیٹھ لگ بگ ۸۷۴ھ یس
تام چھُنہٕ کانٛہہ تہ فارسی تاریخ تالیف سِپدمٕژ پٔے لگان نہ چھہ کانٛہہ
ۄنہٕ لیوان۔ ۹۲۴ھ پیٹھٕ چھہ سیّد علی کاگرے بن سیّد محمد کاگرے ین
تواریخ کشمیر تالیف کوٚرمٕژ، یتھ منز موختصر مُلکی حالات تہٕ ساداتن، عُلماہن
رێشین تہٕ مشائخن ہنٛد حالات درج چھہ۔ یہ چھہ اَولین فارسی تاریخ یُس
عہد بڈشاہ پتہٕ دستیاب چھُہ۔ امیُک مُصنّف چھُہ حضرت شیخ العالمہٕ سٕنٛد
وِصالہٕ پتہٕ لگ بگ ۸۰ ؤری اوسمُت۔ اَتھ منز چھہ یموٚت ۸۷۶ھ پیٹھ
موختصر مُلکی حالاتن سیتۍ سیتۍ پرٛیٚتھ دورٕ کین سادات کرامن، اولیاہن
رێشین تہٕ مشائخن ہنٛد حالات درج کرٕنہٕ آمٕتۍ۔
سیّد علی کاگرے ین چھُنہٕ پننہٕ تاریخُک سال تالیف لیوٚکھمُت۔
مگر حالات چھِن ابتدأے چَک دورس تام لیکھنہٕ آمتۍ۔ یہنٛدِ ناپیٚح نشان
دِہی چھہ یہنٛدِ لیکھنہٕ موجوب نِزان۔ سیّد علی چھہ ۄنان۔ زِ ییلہٕ ۹۵۰ھ
یس منز مرزا حیدر دوغلتن قبلہٕ خان پورس پیٹھ راتھ کیتھ حملہٕ کٔرتھ
نبارِہی کٔرِتھ میانی ماٗلِ تہ ہتے وۄن مرزا حیدرس زٕ تہٕ مہ کٔر راتھ کیتھ

اَتھ قلس پیٚٹھ حملہ، مگر مرزا حیدرن موت پیٚیہٕ ناگہے چھہ یہ واقعہ یِتھہٕ پأٹھۍ لیکھان :

"مرزا حیدر بقصدِ شب خون ہفتصد و ہشتصد سوار گرفتہ بر کشمیریان تاختن آوردہ۔ ازین عمل سیّد محمد والد مسودہ این اوراق و فقیر سیّد علی مانع آمدہ، مرزا قبول این معنی نداشتہ . . . بقضاءِ الٰہی شب ہفتم ذی قعدہ سنہ سبع خمسین و تسع مائیتہ بزخم تیرکان بقتل رسید۔"

ووٚنی اگر ۹۵۷ ہجری یُس ہنٛز سیّد علی یُس مرزا حیدرُن صلاح کار چھُہ اوسمُت، پیٚٹھٕ ژھٕ ہرأمہٕ وقتہٕ ۳۵ ؤری تسلیم کرو۔ تیٚلہ چھُہ اَمۍ سُنٛد اَمہٕ وقتُک دور حضرت شیخ العالمس نِشہٕ تِکَ بَکھ ۸۰ ؤری۔ لہٰذا چھُہ یہ گوہ ژٕنیک تأریخ یُس تمہ زمانہٕ کیٚو دستیاب تأریخو ہنٛز حضرت شیخ العالمہٕ سٕنٛدِس دورس نزدیک چھُہ۔

سیّد علی مورخن چھُنہٕ حضرت شیخ العالمہٕ سُنٛد تأریخ تَوَلُد لیٚوکھمُت۔ نہ چھُن تأریخ وِصال۔ صرف چھُہ یِمَو یہ لیٚوکھمُت زِ حضرت شیخ العالمُن وصال چھُہ بڈشاہ صأبنِس دورِ حکومتس منٛز سپُدمُت۔ سیّد علی سٕنٛدِ تأریخُک سام ہیٚنہٕ تلہٕ چھُہ مولوم سپدان زِ یِہنٛدِ تأریخُک ماخذ چھُہ قاضی ابراہیم بن قاضی حمیدالدین سٕنٛز تأریخ تہٕ حاجی بابا ادہمی یِم حضرتِ شیخ العالمس ہمعصر تہٕ ہم صحبت چھِہ اَسمٕتۍ۔ یِہنٛز تصنیف "مقامات اولیائے کشمیر"۔ یِمَن دۄن کتابن ہنٛدۍ اقتباس تہٕ حوالہ

چھ سیّد علی ین جایہ جایہ دِتی مِتۍ۔ قاضی ابراہیم چھ بڈشاہ سُندِ وقتہ
اُسۍ مِتۍ۔ یِہوے چھ پِٹن تاریخِ حسن شاہ سِندِس دورس منز تالیف کوٚرمُت
حاجی بابا ادہمی ین چھ "مقاماتِ اولیاے کشمیر" بڈشاہ سِندِس دورس
منز لیٚچھمٕژ۔ یِہوے چھ بڈشاہ سِندِس دورس منز انتقال کوٚرمُت۔ یِہند مقبرٕ
بمقام باغ میر وَیس یِمہ تَوارِیخن منز شائیروارِی تہٕ چھ لیکھمٕژ یُس
موجودٕ اسلامیہ کالجس مشرقہ کِہ طرفہ شاہی قلعس متصل اکس ٹینگس
پیٹھ چھ۔ اَمِس قبرِ پیٹھ چھ لوح لیکھمٕژ یوسہ پھٕٹمٕژ چھےٚ اَتھ چھ
ترٛٹے حصہ گٲمِتۍ۔ اَتھ چھ عبارت یِتھٕ پٲٹھۍ لیکھمٕژ:

قبلہ حاجات عالم محرم سِرّ اٰلہ — ہست بابا حاجی اَدہم ولایت دستگاہ
زبدۂ شاہانِ عالم قدوۂ خاصانِ حق — دستگیرِ مستمندان ہست بایں عزّ و جاہ
ہاتفی گفتا بہشتی دوش در گوشِ دلم — سالِ تاریخِ زمانِ وصلِ آن غفران پناہ

قاضی ابراہیمٕ سٕنٛدِ تاریخ کشمیر تہٕ حاجی بابا ادہمی سٕنٛز تصنیف
"مقاماتِ اولیاے کشمیر" چھینہٕ وُنی کینٛسہِ دستیاب۔ سیّد علی ین چھُنہٕ
پننہِ نِس تاریخس منز اولیاہن، ساداتن، مشائخن تہٕ ریٚشین ہٕنٛد تاریخ
تولُد یا تاریخِ وفات لیٚوکھمُت۔ البتہ چھُ یِہوے یِہندۍ حالات تہٕ کُس
بادشاہ سٕندِس دورس منز چھ گُذریمِتۍ، درج کوٚرمُت۔ سیّد علی چھُ
حضرت نورالدین نورانی تہٕ حضرت شیخ بہاؤالدین گنج بخش سٕنٛدِس
وصالس متعلق لیکھان:

"سلطان زین العابدین مدت پنجاہ و دو سال
حکومت باستقلال کردہ۔ در ایام سلطنت او شیخ

نورالدین علیہ الرحمہ فوت کردہ و قطب الاقطاب شیخ بہاؤ
الدین شہادت یافتہ و در عہد وی غفران پناہ بابا حاجی
ادہمی آمدہ، میرویس پیش وی مرید شدہ تربیت سلوک
از وی گرفتہ و برای وی خانقاہی بنا فرمودہ در جای کہ
باغ میرویس میگویند مدفونست"۔

سیّد علی چھُ بحوالہٕ "مقامات اولیاء" مُصنیف حاجی بابا ادہمی
ییمو آمہ وقتہٕ کین اولیاہن ییم بابا حاجی ادہمی سِنہ کہم صحبتہٕ چھ اُسمتی
ییہندہ مرتبہٕ ولایتُک ذکر کرنس سیتی سیتی چھ یتہٕ لیکھان زِ حضرت شیخ
العالمن فرمود زِ حضرت شیخ بہاؤالدین چھ مرتبہٕ ولایتس منز تمن
برونٹھ۔ ییم چھ لیکھان:

" و ایں کمالات شیخ بہاؤالدین اوست و ہنرم نفس
بابا حاجی ادہمی در مقامات اولیاء ایں دیار آوردہ کہ" جملہ
اکمل الاولیاء کشمیر شیخ الشیوخ بہاؤالدین است پس
ازاں حضرت سلطان کشمیری از اولاد سلاطین سواد کنیر
است۔ بعد ازاں عارف باللہ شیخ نورالدین علیہ الرحمۃ وی
گفت کہ من ہر سہ کس را دیدم، اما از زبان شیخ نورالدینؒ
ایں شنیدم کہ شیخ بہاؤالدین در مرتبہٕ پیش قدم بانست"

سیّد علی مورخ کشمیر سِند لیکھنہٕ نِشہٕ بحوالہٕ حاجی بابا ادہمی مُصنیف
مقامات اولیاء تلہٕ چھ یہ کنہہ نَنان زِ بڈشاہ سِندِس دورِ حکومتس منز
چھ گومُت حضرت شیخ العالمہ سُند نِمہ یتہٕ چھ حضرت شیخ بہاؤالدین

گنج بخشہٕ سٕندِ وصال سپُد مُت۔ حضرت شیخ بہاؤ الدین سٕندِ وصال چھُ کم از کم سارِوٕے مؤرخو ۹۴۲ھ لیوٗکھمُت۔ یِتھہٕ پأٹھۍ گیہِ حضرت شیخ العالمہ سٕندِ وصال ۹۴۶ھ برونٹھے سپُد مُت آسُن۔

سیّد علی چھہ بڈشاہ کِس سۭتۍ نِسبت تھأوِتھ حضرت باباعثمان گنأیی سٕندۍن حالاتن ہُنز بیان اولیاہن تہٕ رِیشیٚن حضرت شیخ نورالدین نیہ اُمہِ سٕندۍن خلیفن ہٕندۍ مرتبک ذکر کران لیکھان:

"از جمله کل اولیاءِ کشمیر حضرت شیخ سلطان محمد کشمیری بود۔ بعد ازاں در مرتبهٔ ولایت کل شیخ بہاؤالدین بوده بعد از ایشاں عارف باللہ شیخ الشیوخ نورالدین علیہ الرحمه والرضوان بعد از ایشاں از جمله اکمل اولیاء باباعثمان گنائی مذکور است مقبره او در مزار سلاطین است بعد از ایشاں چهار خلیفه شیخ نورالدین که هر یک ہُنز دِہی ہرد تارک دُنیا ہر کُدام در گوشہای کشمیر بگوشهٔ خلوت و عزلت کشیده هر یک شیخ وقت خود بوده جمیع هر کُدام گوشهٔ اختیار کرده۔ قلیل الاکل عارف وقت خود ہا بودند و ذکر هر کُدام علیحده بیان خواهد شُد"

اَمہِ اِقتباسہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ حضرت شیخ باباعثمان گنأیی یِس پتہٕ کُنۍ چھُ حضرت شیخ العالمہ سٕندِ وصال سپُد مُت۔ حضرت باباعثمان گنأیی سٕندِ وصال چھُ بڈشاہ سٕندۍن دورِ حکومتس ۸۶۱ھ ہجری یِس منز سپُد مُت۔

سیّد علی موٗرخن چھُ حضرت میر سیّد علی ہمدانی رحمة اللہ علیہ سٕندِ کشیرِ تشریف اَنُنک وَری ۷۸۵ھ ہجری لیوٗکھمُت۔ حضرت میر سیّد علی ہمدانی

تہٕ حضرت شیخ العالمہٕ سٕند ملاقات کرٕنۍ چھکھ نہٕ کانٛہہ تہٕ ذکر کوٚرمُت۔ البتہ
چھکھ لیوٗکھمُت زِ حضرت میر محمد ہمدانی رحمتہ اللہ علیہ ییٚلہِ سُلطان سکندر سٕند
وقتہٕ کشیٖر آیہٕ تہٕ سُلطان سکندرن کوٚر خانقاہ معلّیٰ تامیٖر کرنٕچ کام شروٗع
تہٕ ۷۹۸ ہجری یَس منٛز کوٚر مُکمل۔ امہٕ پتہٕ چھا سُلطان سکندر ن وقف
نامچ تہٕ خانقاہ معلّیٰ ہنٛز تولیت مولانا محمد سعیدس دِنٕچ ذکر کوٚرمُت۔ بیٚیہ چھکھ
لیوٗکھمُت زِ حضرت میر محمد ہمدانی رحمتہ اللہ علیہن کوٚر حضرت شیخ نورالدین
نورانی یَس سیٚتۍ مُلاقات تہٕ حضرت شیخ نورالدین بنیہ یِہندۍ مُرید۔ امہٕ پتہٕ
چھہ لیکھان زِ میر سیّد محمد ہمدانی صأبن فرموو زِ حضرت شیخ نورالدین چھہ مرتبہٕ
اولیاءِ اکمل، یِہنٛزٕ ریاضت یُس سہ ہیٚکہ کرتھ چھہ ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ کٔرتھ۔ ییٚم چھہ
لیکھان:

"حضرت سیّد بحاضرانِ مجلس فرمود کہ مرتبہ شیخ
نزدیک است بمرتبۂ اولیاءِ اکمل و ریاضتی کہ شیخ
کشیدہ ہیچ کسی نمی تواند کشید۔"

سیّد علی ین چھہ حضرت میر محمد ہمدانی تہٕ حضرت شیخ نورُالدین
سٕندِ مُلاقاتُک حالات، سوال و جواب امتحان، رمز و کنایات تہٕ حضرت شیخ
نورالدین سٕندِ زٕ وٕن خلیفن سیٚتۍ حضرت میر محمد ہمدانی سٕنٛز مُلاقات تہٕ
یِہندِ ین تبع تابعین ہٕنٛدۍ حالات تفصیلہٕ سان درج کٔرۍ مٕتۍ۔ بحوالہ حاجی
بابا ادہمی لیکھان:

"حاجی بابا ادہمی آوردہ در تصنیف خود کہ حضرت
میر شیخ را امتحان کردہ کہ درباب حلقۂ کوزۂ شیر نگاو کہ

عنایت فرمودہ اند' اما بدانیم کہ شیخ بمقام انکسار را
طی کردہ۔ آخر معلوم شد کہ بہ کمال رسیدہ بود. حضرت
شیخ را فرمودہ تا ایں غایت از شما ہیچ یکی فیضی بر داشتہ
حضرت شیخ بعرض رسانیدہ یا حضرت چہار کس در عبادت
حق در طریق اسلام در آمدہ حتی المقدور ریاضتی می کنند
اول بابا بام الدین دوم بابا زین الدین سوم بابا عبد اللطیف
چہارم بابا نصر الدین۔ حضرت سید آں ہر چہار کس
را دیدہ ہمہ مرتاض و صاحب کرامات بودہ اند"۔

بسید علی سُند تارٖیخہٕ پتہٕ چھُ کوٗ ڈنیک ریشی نامہٕ یُس
حضرت بابا داؤد خاکی صابٕن فارسی نظمس منز چھُ تالیف کوٗرمُت۔ حضرت
بابا داؤد خاکی صاحب ﴿سند وصال چھُ ۹۹۴ ہجری﴾ یُس منز سُند مُت۔
اَمہِ منز چھِ ہیمو ہردی بابا ریٚشن ہند حالات درج کرنہٕ آمتۍ۔ اَتھ منز چھ
حضرت شیخ نور الدین نورانی سُند ریشتیہ تہٕ سلسلیچ ذکر کران لیکھان:

"ریشیانِ ایں دیار اکثر اویسی بودہ اند چشم
عبرت بین ایشاں بودہ از غیب اکتحال شیخ نور الدین
ریشی پیر جمع ریشیاں۔ زاہدی خوش بود با حق داشت
بسیار اشتغال بود با تجرید و تفرید اہل صوم و دہر نیز
تارکِ لحم و عسل پیر و بصل بسیار سال صاحب کشف
و کرامت بود نطقی خواب داشت۔ ہم اویسی بود
گفت ایں راوی صاحب مقال شیخ سمنانی حسین را

نیز خدمت کردہ بود۔ پیر خویشش خواند در نظم خودش

بے احتمال شیخ بام الدین و زین الدین ریشی میشدند پند

ازو بگرفتہ عزلت گیر در بعضے جبال

اَمہ پتہٕ چھُ تاریخ کشمیر بہارستان شاہی یُس سنہ ۱۰۲۳ ہجری یَس منز چھُ تالیف سپُدمُت۔ اَتھ منز چھُنہٕ حضرت شیخ العالمہٕ سُند تاریخ تولد تہٕ وصال کینٛہہ تہٕ لیکھتھ۔ صرف چھُ یِیمہ کَنہِ ہِشر باوت آمژ کرنہٕ زِ حضرت شیخ العالمہٕ سُند وصال چھُ بڈشاہ سِندِس دورس منز سپُدمُت۔ اَمیُک اقتباس کوٗرمُت بیٚیچھ کٔنہِ مُلّا نورالدین سِندِس تذکرس منز بیان۔

اَمہ پتہٕ چھُ حضرت بابا نصیب الدین غازی صٲبُن گوڈنیُک نورنامہ یُس اَسہِ دٔسیاب چھُ۔ حضرت بابا نصیب الدینؒ [illegible] وصال چھُ سنہ ۱۰۴۷ھ یَس منز سپُدمُت۔ یِہندُ مقبرٕ چھُ وِجبہ بِہارس منز۔ غٲلبَن چھُ یِمَو گوڈنیتھ حضرت شیخ العالمہٕ سُند تأریخ ولادت سنہ ۷۷۹ ہجری تہٕ وِصال سنہ ۸۴۲ ہجری لیٚکھمُت۔ یِم چھِ لیکھان:

بالای سرش ز ہوش مندی      می تافت ستارۂ بلندی

ز ہجرت سیّد عالم ازین دار      کہ بد ہفتاد و ہفتصد نہ پدیدار

زہی شیخی کہ نورالدین امجد      تولد یافت۔ در تاریخ سرمد

اَمہ پتہٕ چھ یِہندی مُرید تہٕ ہم صُحبتھ جناب بابا داؤد مشکواتی صٲبُن سنہ ۱۰۶۳ھ یَس منز "اسرارالابرار" ناوچ کتاب تالیف کرمژ۔ اَتھ منز چھُ یِمَو حضرت شیخ العالمہٕ سُند تأریخ ولادت سنہ ۷۵۷ ہجری تہٕ وِصال سنہ ۸۲۰ھ لیٚکھمُت۔

تحقیقہٕ تلہٕ چھُ باسان زِ حضرتِ شیخ العالمہٕ سُند تاریخ وِلادت

تہٕ وصال یُس ییمو دٔہ یو مُصنفو الگ الگ پیٚنہٕ پنین تالیفن منز لیٚوٗکھمُت

چھُ۔ اَمہٕ پتہٕ کیو نوٗرنامہٕ کیو مؤلفو تہٕ تاریخ نویسو چھُ دٔہ یو منزٕ اَکس

سیتیٖ اِتفاق کٔرِتھ پیٚنہٕ نین تذکرن تہٕ تاریخن منز درج کٔرمٕت۔

خوارق السالکین (تاریخ ہادی) مصنف احمد ابن الصبورن چھُ

تہٕ تاریخ ١١٠٩ھ ہجری یُس منز تالیف کوٗرمُت، اَتھ منز چھُ ییمو حضرتِ شیخ

العالمہٕ سُند تاریخ وِلادت ٧٧٩ھ ہجری تہٕ وصال چھُکھ ییٚمہٕ قطعہ مُطابق

٨٣٦ھ لیٚوٗکھمُت۔ قطعہ چھُ ییٚتھہٕ پأٹھی:

زِ دُنیا نوٗرِ دین چوں رفت بیرون     کہ بودہ پیشوائی اہلِ تجرید

پئی سالِ وصالش ہاتفِ غیب     بگفتا بود شاہِ ملکِ توحید

"بود شاہ ملک توحید" چھِ اَبجد کِس حسابہٕ ٨٣٦ھ اَتھ نیداد ٨٣٦ یوان۔

اَمہٕ حسابہٕ چھُ ٧٧٩ ہجری پیٹھٕ ٨٣٦ ہجری یُس تام حضرتِ شیخ

العالمہٕ سٕنز عُمر شریف ٦٣ ؤری آسمٕژ۔

اَمہٕ پتہٕ چھِ "واقعاتِ کشمیر" مُصنف خواجہ محمد اعظم دیدہ مری ین

١١٤٨ھ ہجری یُس منز تالیف کٔرمٕژ۔ ییمو چھُ تحقیق کٔرِتھ حضرتِ شیخ العالمہٕ

سُندی حالات وغارٕ ییٚتھہٕ پأٹھی لیٚکھی متہٕ:

"ملاقات مقرب سبحانی حضرت میر محمد ہمدانی مکرر کردہ

و حضرت میر قایل بکمالاتش شدند و تحسین نمودند۔ با اکابر

آنوقت مثل میر سید حسین سامانی بسیار صحبت داشتہ

بلکہ از خدمت ایشان استفادہ ہم فرمودہ با حضرت شیخ

بہاؤالدین و شیخ سلطان پکھلی و بابا حاجی ادہم و امثال
ایشان کہ ہم رتبہ و ہمسال بودند اکثر دیدو این کہ ملازمت
آں قدوۃ الاخیار با جناب امیر عالی مقدار حضرت علی
ثانی زبان زد ہر دم ست نزد محققین بہ تحقیق نرسیدہ
صاحب اسرار الابرار تولد آں قدوۃ الکبار را در سال
ہفتصد و پنجاہ و ہفت و وصال در ہشتصد و بیستم نوشتہ
اما مشہور این است کہ در سال ہشت صد و چہل و دو
رحلت فرمود"

اَمہ تلہٕ چھُ خواجہ محمد اعظم دیدہ مری ین تہٕ حضرت شیخ العالمہٕ سُند
وصال ۸۴۲ھ تسلیم کورمُت۔

اَمہ پتہٕ چھُ حاجی محمد اسلم منعمی ین گوہر عالم ناوٕچ تاریخ کشمیر
۱۱۵۲ھ ہجری یس منز تالیف کورمُت، اَمہ تورٕ یخک نقل چھُ محکمہ ریسرچس
منز محفوظ۔ اَتھ منز چھُ حاجی محمد اسلم لیکھان زِ میٚ سُند مُلا احمد
علامہ مورخ یم بڈشاہ سُند وقتہٕ چھِ اُسی متی یمن "مراۃ الاولیا" ناوٕچ
کتابہ ہُند نقل حاصل، یُس یمو کشیرِ ہندس آخری چک حکمران یعقوب
شاہ سُندین اولادن نِش یم ۱۰۸۱ھ یس منز تمہ وقتہٕ کس دار الخلافت
اکبرآبادس منز چھِ اُسی متی۔ یمہ ہندو نن چھُ زِ یہ "مراۃ الاولیا" کہنہ نسخہ
اوس مُلا احمدن پننہ قلمہ لیٚوکھمُت۔ تمہ پیٹھ چھُ کورمُت نقل بُنیہ چھُ
لیکھان زِ یہ "مراۃ الاولیاء" چھُ فارسی ترجمہ یُس مُلا احمدن اوس
تمہ نُوزنامک کورمُت، یُس حضرت شیخ الشیوخ نور الدین نورانی صائین

اوس بالہام ربانی تہٕ بزورِ علم لدنی دوٚن متٕ۔ یہ اوس کأشرِ زبأنی منز جمع کرِتھ لیکھنہٕ آمت۔ یمہٕ ہنٛد وَنُن چھُ زِ کٔشیرِ منز ابتدأیی پانٛڈوَن ہنٛدۍ حالات کرِو مێۓ امہِ پیٹھٕ نقل کرِتھ پننِس تأریخس منز درج۔

مگر افسوس چھُ یمہِ کتھہِ ہنٛد زِ حاجی محمد اسلمن چھِنہٕ پننِس تأریخس منز کُنہِ تہٕ جایہِ حضرت شیخ العالمہٕ سٕنٛدۍ حالات درج کرِمٕتۍ، نتہٕ سپدِہن امہِ یمٕن باسعادت ولی سٕنٛدین حالاتن منز مزیٛد واقعات حأصل۔ ینٛکیا زِ یہ نوٚسخہٕ اوس یمہٕ ہنٛدِ بیاینہٕ تلہٕ گوڈنیک نورنامہٕ بہارستانِ شأہی یُنٛد مصنفہٕ سٕنٛد لیکھنہٕ تلہٕ تہٕ چھُ اَتھ حاجی محمد اسلمہٕ نِس وَننس زِ " مێے کوٚر یہ نوٚسخہٕ کٔشیرِ ہنٛدِس آخری چَک حکمرانہٕ سٕنٛدین اولادن نِش حأصل یم اکبر آبادٕ چھہٕ آسٕہمٕتۍ "تقویت میلان چُنان چہٕ مصنف بہارستان شأہی چھُ یعقوب شاہ چَک سٕنٛدین حالاتن منز لیکھان زِ ییٚلہِ یعقوب شاہ سٕنٛد اِنتقال ۱۰۰۲ہجری ہس منز سپد یمن رُدۍ پتھ کُنہِ اولاد۔ توٚرِ پتہٕ کوٚر یمہٕ ہنٛدِس جأیہِس پیٹھ یوسف شاہ سٕنٛدۍ نام نہاد فرزند قاسم خانن قبضہٕ۔"

حاجی محمد اسلم چھُ امہِ نورنامُک تہٕ مرأۃ الاولیاکہِ ترجیح نشان دِہی پننِس تأریخس منز یمن الفاظن منز کران :

" جناب قدوۃ العارفین و زبدۃ الواصلین اُسوۃ الکاملین عمدۃ المحققین آفتاب الشریعتہ والطریقت حضرت شیخ الشیوخ نورالدین ولی قدس سرہٗ کہ بالہام ربانی و تعلیم مہتر خضر علیہ السلام بردلِ عرفان تنویرش بزورِ علم لدنی

منکشف شده و احوالات اولین و آخرین بسان معلومات
آئینه بر ضمیر منیرش تافته در اثنائی کلام توحید و کنایات تصوف
و ذوقِ وجد و حال و حکایات پیشینیاں از زبانِ کرامت بیانش
سرزد و بزبانِ کشمیری مؤیدان و مخلصانش آں کلامِ الہام
ترجمان را جمع ساختہ و بہ "نورنامہ" موسوم گردانیدند خدمت
مولانا احمد علّامہ کشمیری کہ معاصر و مادح سلطان زین العابدین
بود۔ "نورنامہ" مذکورہ را بزبان فارسی ترجمہ نگاشتہ و
آیات و احادیث سوال شاہد اقوال حضرت شیخ ولی آوردہ
و آں را بہ "مراۃ الاولیاء" موسوم نمودہ و آں رسالۂ مکرمہ
در خزائن پادشاہان بود۔ سلطان یعقوب کہ آخرین ملوک
آں دیار است و بہ چیکان معروف ہنگام قرار ازاں دیار آں
نسخہ را با خود بہند آوردہ در دستِ اولاد آں بادشاہ نامدار
کہ از عہد اکبر بادشاہ ساکن مستقر الخلافت اکبرآباد اند، ماند۔
اتفاقاً در سال ہزار و یک صد و ہشتاد و ہشت داعی را کششِ
آب خور دُنیا بہ مہمی از سرکار لکھنو در لشکر نواب وزیر کہ در
سرکار اٹاوہ دائرہ دولتش برپا بود، کشیدہ یکی از فرزندان
آں بادشاہ نامی کہ بزیور علم و پیرایۂ شجاعت و سخاوت
چوں آبائی خویش آراستہ و پیراستہ بود در رفاقت خلف
الصدق نواب وزیر بسبب مخالفت زمانہ بکرہاً اختیار فرمودہ
بود بمسار عیت وقت داعی را دو شبانروز باں درّ التاج

سلطنت و خلافت طرح ہیبت و صحبت دست دادہ بود چوں

بر عزیمت مافی الضمیر مؤلف مطلع گردید از روی بزرگ منشی

ترجمہ " نور نامہ " راکہ بدستخط مولانای مذکور و کہنہ و مشکوک

بمرور دہور و کرور اعوام و شہور شدہ بود حوالۂ داعی نمودہ

در تحریر نقل آں مساعی گردید فی الفور بسرعت ہر چہ تمام تر

قضیہ کیفیت ابتدائی بنائی آں ملک پاندوان و دیگر بادشاہاں

ازاں رسالۂ منیرہ کہ نقل برداشتہ فاتحہ ایں مجموعہ مضامین وقایع

آں ساختہ "

یہ نور نامہ چھ امیک فارسی ترجمہ چھنہ دستیاب، بلکہ چھ یمن ہند تذکرٕ یوت

میلان۔ امہ پتہ چھ ۱۱۵۳ ہجری یس منز شیخ عبدالوہاب نوری صابن کتاب

"فتحات کبرویہ" تالیف کرٕمٕژ۔ اتھ منز چھ یمو ساداتن، مشایخن، علماہن

تہ ریشین ہندی حالات درج کرٕمٕتی۔ یمو چھ حضرت شیخ العالمٕ سندی

حالات بڈٕ تفصیلہ سان درج کرٕمٕتی۔ بییہ چھ یمو خطِ ارشاد یُس میر محمد

ہمدانی صابن حضرت شیخ العالمس دیُت مُت چھ درج کوٚرمُت۔ امہ خط

ارشادک تاریخ چھ سنہ ۸۱۴ھ لیکھتھ۔ سہ چھ یتھ پاٹھی:

" قد حررت ہذا فی لیلۃ الجمعہ خامس و عشرین من شہر

رجب المرجب سنہ اربع عشر و ثمانمایۃ فی بلد الکشمیر صانہا

اللہ تعالیٰ مع سکانہا عن الآفات والتدمیر "

شیخ عبدالوہاب نوری صابن چھ حضرت میر محمد ہمدانی سُند کشیر

تشریف انُن تاکھہ ۸۱۱ھ لیُو کھمُت۔ بظاہر چھنہ یہ تحقیق تلہ صحی باسان۔

تکیا زِ حضرت میر محمد ہمدانی صاحب چھ سُلطان سکندر سِنٛدِ وقتہٕ یور آمِتۍ۔ ییٚتہٕ چھ بٲہن 12 ورِی ین رُودمٕتۍ ہیٚتۍ۔ اگر یِہنٛد یور تشریف اَنُن ۸۱۱ ہجری مانو تیٚلہٕ گژھِ حضرت میر محمد ہمدانی ۸۲۳ ھ ہجری یس منٛز واپس گژھِ ہیٚن۔ ۸۲۳ ھ ہجری چھ بڈشاہ سُند دور اوسمُت۔ سلطان سکندرن چھ ۸۱۶ ھ یس منٛز انتقال کوٚرمُت۔ تِمس پَتہٕ چھ علی شاہ اَکھ بَگ شَشن ورِی ین حکومت کرٲن، تِمس پَتہٕ چھ بڈشاہ ۸۲۳ ھ ہجری یس منٛز بادشاہ بنان۔ یہ چھ تحقیق شُدہ زِ حضرت میر محمد ہمدانی صاحب چھ سلطان سکندر سنٛدِ ہے عہدس منٛز واپس تشریف نوان۔ بیٚیہ چھُ یہ تہٕ زِ سُلطان سکندرُن یُس وقف نامہٕ خانقاہِ معلیٰ ہَس متعلق حضرت میر محمد ہمدانی صابس ڈیُتمُت چھُ تتھ پیٹھ چھُ ۷۹۷ ھ ہجری لیکھِتھ۔ اَمہ وقف نامُک اَکھ نقل چھُ محکمہ ریسرچس منٛز محفوظ بیٚیہ چھُ تاریخ حسن جلد اول یُس محکمہ ریسرچن چھُ چھاپ کوٚرمُت منٛز درج۔ اَمہ علاوٕ چھُ حضرت شیخ العالمن حضرت میر محمد ہمدانی صابُن کشیر یِنُک تاریخ وَنمُت، تِمو چھُ وَنمُت زِ "کاشرِ ہن پیپراہ آو" بحسابِ ابجد چھُ اَمیُک تعداد ۷۹۶ یوان۔ یانے ۷۹۶ ھ یس منٛز چھ حضرت میر محمد ہمدانی کشیر منٛز تشریف اَنان۔

فتحات کبرویہ ہنٛدۍ مُصنفن تہٕ چھُ حضرت شیخ العالمہ سُنٛد تاریخ تولد ۷۷۹ ھ ہجری تہٕ وصال ۸۴۲ ھ لیوٚکھمُت۔ بیٚیہ چھُکھ یہ تہٕ لیوٚکھمُت زِ بابا نصیب الدین غازی سُنٛدِ وقتہٕ چھُ حضرت شیخ العالمہ سُنٛد ہِن مقبرس درواز س پیٚٹھ سالِ وصال ۸۴۲ ھ ہجری لیکھِتھ اوسمُت ہمہ چھ لیکھان بحوالہ بابا داؤد مشکواتی صاحب زِ: حضرت بابا نصیب الدین

غازی ین فرمود ۔ بیخ جایہ "نوٗرنامس" منز حضرت میر سیّد علی ہمدانیؒ سُند
مُلاقات حضرت شیخ العالمس سیتی لیکھمت چھُ آسُت ۔ یہ گژھ زانُن ز
یم چھ حضرت میر محمد ہمدانی صاحب، زکیازِ یہ چھُ کاتبن سہو کوٚرمُت ۔ عبارت
چھ پیٚٹھ پاٹھو:

"بابا داوٗد مشکوٰتی قدس سرہٗ نیز گفتہ کہ مکالمہ شیخ
با میر مشہور است مُراد بہ میر سیّد محمد ہمدانی کہ تواریخ بدان
متفق شدہ است و ابوالفقراء بابا نصیب الدین قدس
سرہٗ در نوٗر نامہ ہر جا کہ مجلس ایشان نامزد کردہ، مُراد میر
سیّد محمد ہمدانی است، مگر کہ کاتب سہو کردہ کہ میر سیّد
علی ہمدانی نوشت ۔ بعضی گفتند ولادت خدمت حضرت شیخ
در ہفتصد و پنجاہ و ہفت است و در تاریخ ہشتصد و
ہشت از دُنیا برفت و ابوالفقرا در نور نامہ گفتہ کہ ولادت
وی قدس سرہٗ در سنہ تسع و سبعین و سبع مائۃ و وفات
وی در سنہ اثنین و اربعین و ثمانمائۃ چنانچہ بر دروازۂ
مقبرۂ حضرت شیخ ہمیں تاریخ است ۔ خط ارشاد ہم مؤید
ہمیں قول اخیر است۔"

اَمہ پتہٕ چھ باقی تأریخ نویسو حضرت شیخ العالمہٕ سُند وصال
بڈشاہ سِندِس عہدس منز لیوٗ کھمُت ۔ یِمو منز چھ نوادر الاخبار مُصنف
رفیع الدین احمد غافل، منتخب التواریخ مُصنف نارائن کول عاجز ۔ باغ
سلیمان مُصنف سعد اللہ شاہ آبادی ۔ بکھ دوٚیم مشہوٗر تأریخ نویس

پنڈت بیربل کاچرن چھ حضرت شیخ العالمہ سندیو حالات تفصیلہ سان لیکھمتہ تھوو چھو پننس تاریخس مجموعۃ التواریخس منز حضرت شیخ العالمہ سند تاریخ تولد ۷۷۹ھ ہجری تہ وصال ۸۴۲ھ ہجری تحقیقہ سان لیؤکھمت۔ تمم چھ لیکھان:

"ازآنجا کہ ریشیان کشمیر و خاک نشینیان ہند قلندران ولایت و صوفیان بغداد در السنہ خاص و عام باعتقاد تمام مشہور اند، حقائق و معارف آگاہ مرتاض حقیقت انتبا واقف رموز اسرار خردی و گُل شیخ نورالدین ولی کہ اشراق انوار یزدانی از پیشانی نور آگینش پرتوافگن ضمائر متوطنان این سرزمین است و تاج سرریشیان کشمیر کہ نود و نہ شمارند ہرگاہ قلم دو زبان در تسطیر و توضیح اسم با اسم شان زبان بر کشاید دفتری دیگر باید بر نگاشت نظر بر طول مقال قطع نظر ازان نمود۔ تحریر زاد بوم و مسعود مولودش سطری چند نگاشتہ کہ تاریخ مولود سعادت نمودش ہفتصد و ہفتاد و نہہ ہجری و سنۂ رحلت و انتقال ہشت صد و چہل و دو و مورخان در قید قلم آوردہ اند روایت صحیح این است"

بہاؤالدین متو صابن چھ ریشی نامہ لگ بگ ۱۲۱۲ھ ہجری یس منز تالیف کورمت۔ یمو تہ چھ حضرت شیخ العالمہ سند تاریخ ولادت ۷۷۹ھ تہ وصال ۸۴۲ھ ہجری لیؤکھمت۔ بیتہ چھکھ لیؤکھمت زِ ییلہ حضرت میر سید علی ہمدانی کشیر آیہ تمہ وقتہ اُسی حضرت شیخ العالم ژؤ وہری۔

آمہِ پَتہٕ چھُ غلام حسن شاہ گامرُون مہاراجہ رنبیر سنگھنِس عہدس منٛز تاریخ حسن ژوٚن جلدن منٛز تالیف کٔرمٕژ۔ اَمہِ چھےٚ یہِ کانٛہہ شک زِ یِمو چھُ کشیرِ ہٕنٛز تاریخ تحقیقہٕ سان تالیف کوٚرمُت۔ یِمہٕ پاٹھۍ چھُ یِمو تحقیق کٔرِتھ والیِن ہٕنٛدِ خاطرٕ آسٲنی پاد کٔرمٕژ۔ جلد اول چھُ جغرافیہ کشیر، دوٚیِم جلدس چھُ پولٹیکل حالاتَن پیٹھ۔ ترٛیِم جلد چھُ تذکرۂ شعرائے کشیر، ژوٗرِیِم جلد چھُ اولیاے کشیر مشایخن، ساداتن، ریشیٚن تہٕ عُلماہن ہٕنٛدین حالاتن پیٹھ۔

غلام حسن شاہ گامرُو چھُ یِمہٕ کتھہِ ہٕنٛز نشان دہی کران زِ تِمن اوس بڈشاہ سیٚنٛدِس دورکِس مشہُور تہٕ نامور تاریخ نویس ملا احمدُن "وقایع کشمیرٕک" نُسخہ حاصل سپُدمُت۔ یِمہٕ پیٹھ تِمو چھےٚ تِمن پانٛژن ترٛہن اَجن ہٕنٛدی حالات درج کٔری متہٕ یِمَن ہٕنٛدی حالات بعدم وثوق کلہن پنڈتن اُسو ترٲوِی متہٕ۔

غلام حسن شاہ گامرُون چھُ حضرت شیخ العالمہ سُنٛد تاریخ ولادت سنہ ۷۵۷ ہجری تہٕ وصال سنہ ۸۲۰ ہجری لیوٗکھمُت۔ بیٚیہ چھُن کوشر سٕنہ تہٕ درج کوٚرمُت۔ اَمِس برونٛہہ چھُ سنہ ۱۰۶۳ ہجری یَس منٛز حضرت بابا داوٗد مشکوٲتی صٲبن تہٕ تِیَنہٕ تالیف "اسرار الابرار" منٛز تہِ ییٚہے تاریخ تولد تہٕ وصال حضرت شیخ العالمہ سُنٛد درج کوٚرمُت۔ غلام حسن گامرُو چھُ لیکھان:

"ملا احمد کہ قریب العہد ایشانست تولد شیخ در سنہ ۷۵۷ھ وفات ۲۶ ماہ رمضان سنہ ۸۲۰ ہجری و بحساب کشمیریان ۲۶ ریوہ سنہ ۹۱"

بیٚیس جایہ چھ لیکھان :

"حضرت شیخ بروز عید الاضحیٰ سنہ ہفت صد و پنجاہ و ہشت ہجری و بحساب کشمیریان سنہ ۳۱ متولد شد"

بیٚیتھ چھُ یہ کتھ وضاحت کرنس لایق زِ تٲشرِ منٛنٕ گوڈنیک وُری چھُ ۷۲۰ سنہ ہجری پیٹھٕ ماننٕ آمُت۔ بیٚیلہ کشیرِ منٛز بادشاہ شہمیر ۷۴۰ سنہ ہجری یس تخت بنیوو۔ تمہٕ چھُ گوڈُن سنہٕ ریٚنچن شاہ سٕندِ زمانٕ حکومت یانے ۷۲۰ سنہ ہجری پیٹھٕ رٲیج کورمُت۔ یتھہ پٲٹھۍ چھُ ۷۲۰ سنہ ہجری گژھِ تٲشرِ منٛز سال اوّل تسلیم آمُت کرنہٕ۔ یہ کتھ تہٕ چھُ ونہٕ نس لایق زِ یٚیلہ کشیرِ منٛز اسلام ووت۔ ہجری سنہ چھُ نہٕ تمہِ زمانس منٛز رٲیج سپدمُت۔ بلکہ ادس اسلام واتِتھ وارِیاہ کالس پتہٕ لوکِک سنہ رٲیج۔ بڈشاہ سٕندِ زمانٕ پتہٕ یٚیلہ تواریخ آیہ تالیف کرنہٕ، تحقیقہٕ تلہ چھُ باسان زِ لوکِک سنہ چھُ نہٕ ہجری سنس منٛز صحیح پٲٹھۍ تبدیل آمُت کرنہٕ۔ تکیازِ مقبرہ بِلکونِ آثار قدیمہ ہندِ جایہ تلہ چھُ فرق باسان۔ فارسی مورخو چھُ بڈشاہ سُند تخت نشینی ہند وٕری ۸۲۶ سنہ ہجری لیوٗکھمُت۔ مگر جونراجنہ لوکِک سنہ مطابق چھُ ۸۲۳ سنہ ہجری واتان، یُس تحقیقہ تلہ صحیح چھُ باسان۔ یتھہ پٲٹھۍ چھُ فارسی مورخن ہندِس تاریخس ترٛین یا ژورن ؤرین ہنٛز فرق باسان۔ یہے فرق چھُ لگ بگ فتح شاہ سٕندِس دورس تام باسان۔ فارسی مورخو چھُ سلطان بڈشاہ سُند سال وفات ۸۷۷ سنہ ہجری لیوٗکھمُت مگر شری ور چھُ لوکِک سنہ ۴۵۴۶ لیوٗکھمُت۔ یمہ مطابق چھُ ہجری سنہ ۸۷۴ ہجری آسان۔ یُس تحقیقہ تلہ درُست چھُ۔ امیُک تُہُند بوزتھ چھُ

یہ زِ سری پرتاپ سنگھ عجائب گرس منز یِم کشیرِ ہنٛدین بادشاہن ہنٛدۍ
سِکہٕ چھہ موجود ، تِمن منز چھہ حیدر شاہ بن سلطان بڈشاہ سُند سِکہٕ تہٕ حیدر
شاہ سُندِس سِکس چھہ نِشتھ چھہ اکہِ طرفہٕ "سلطان الاعظم حیدر شاہ" تہٕ
دوٚیمہِ طرفہٕ "ضرب کشمیر فی شہور سنہ سبعین ستی چھس عددن منز
۸۷۴ ہجری درج" ۔ اَمہِ تٔلہٕ چھہ یہِ فارسی مورخن ہنٛد بڈشاہ سُند سالِ وفات
۸۷۵ ھ ہجری صحیح باسان ، تکیازِ یہِ چھُنہٕ ممکن زِ بڈشاہ سِنٛدِ وفاتہٕ برونٛہہ
ژور وری گیہِ گژھہ ہانٛچوس سُند سِکہٕ ائیج ۔ بیٚیہ پائھٕ چھہ فارسی مورخو
محمد شاہ بن حسن شاہ سُند تخت نشینی ہُنٛد وری ۸۹۲ ھ ہجری لیوٗکھمت
مگر شری وریہ لوکک سنہ مطابق چھہ ۸۸۹ ھ ہجری واتان ۔ بیٚیہ پائھٕ چھہ
ترٛین وری ہند منز فرق باسان ۔ تحقیقی تٔلہٕ چھہ شری ور سُند لوکک سنہ مطابق
۸۸۹ ھ ہجری صحیح باسان ۔ اَمیُک ثبوت چھہ یہِ زِ مزارِ کلان بہاؤ الدین
گنج بخشس منز چھہ اکھ قبر یوسہٕ سعید خانن چھہ اَتھ قبرِ پیٹھ چھہ
لیکھِتھ زِ سعید خان اوس ایلچی سُہ آو محمد شاہ سِنٛدِس عہدس منز تخت
سلیمانس پیٹھ شبِ خوابس منز شہید کرنہٕ ۔ اَتھ قبرِ چھہ فارسی ییس
منز ۸۸۹ ھ ہجری لیکھتھ ۔ لوکک سنہ ۶۰ چھس شاردا رسمِ خطس منز ۔
بیٚیہ چھس سنسکرتس منز "محمد شاہ راجیہ" لیکھتھ ۔ فارسی مورخو چھنہٕ
اَمہِ قبرِ ہنٛز تواریخن منز کینٛہہ تہٕ ذکر کورمُت ۔

فارسی تاریخ چھس یتھہٕ پائھٕ لیکھتھ :

بہ سالِ ہشت صد ہشتاد و نہ شہادت یافت     بہ تخت گاہ سلیمان سعید خان شہید
رسولِ ماہ بد فرزند شاہ براہیم     سپرد جان خداوند و در بہشت رسید

رسولِ ماہُد فرزند شاہ ابراہیم سپُرد جان خداوند و در بہشت رسید

فی یومُ الجمُعہ

سنسکرتس منز چھُ فارسی قطعہ تاریخُک ترجمہ لیس شاردا خطنس منز چھُ لیکھتھ. ینیہ چھُس ہجری سنہ مُطابق لوکک سنہ ۶۰ یا نے ۴۵۶۰ لوکک ینیہ یکم شرادن بدھی شکروار درج. اُتھ قیبر پیٹھ کنہ چھُ دمس پیٹھ سنسکرتس منز محمد شاہ راجیہ تہ لیکھتھ. امیہ تلہ چھُ شری ور شُند محمد شاہ بن حسن شاہ شُند سالِ تخت نشینی ۸۸۹ھ ہجری صحی باسان نہ کہ فارسی مورخن ہُند ۸۹۲ھ ہجری.

غلام حسن شاہ کامرُو شُند لیکھنہ موجوب چھُ حضرت شیخ العالمہ شُند تاریخ تولُد ۷۵۰ھ ہجری علاوالدّین بادشاہ شُند زمانہ. مگر جونراجنہ لوکک سنہ مُطابق چھُ ۷۵۰ھ ہجری سلطان شہاب الدّین شُند دورِ حکومت ۷۵۶ھ پیٹھ ۷۷۵ھ تام لیو کھمت. غلام حسن شاہن چھُ ۷۵۵ھ مُطابق کوشرِ سنہ ۳۱ لیو کھمت. کوشرِ سنہ ۳۱ ییلہ ۷۲۰ھ ہجری یس جمع چھِ کران تہ ییہ چھُ ۷۵۱ھ ہجری داتان. مگر حسن شاہ چھُ ۷۵۵ھ ہجری لیکھان امہِ تلہ چھُ شعبن ورِہین ہُند فرق سپدان. حالانکہ غلام حسن شاہن چھُ پانہ تہ کوشرِ سنک گوڈنیک وَری ۷۲۰ھ ہجری مونمُت. تکیازِ غلام حسن شاہن چھُ تاریخِ حسن جلد اولس خُمر زیشمی شور منڈر یُس تختِ سُلیمانس پیٹھ چھُ اُتھ متعلق چھُ لیکھان زِ بڈ شاہن گوڈ ۸۴۲ھ ہجری یُس منز اُتھ مرمت ینیہ چھُ لیکھان زِ اُتھ اُسو زہ ستون یمن اوس کوشرِ سنہ ۴۵ لیکھتھ. یم چھُ لیکھان:

"سُلطان زین العابدین در ۸۷۴ھ ہجری چہار ستون وقایۂ سقف آں استوار نمود۔ چنانچہ بر یک ستون دو سطر منقوش است۔ سطر اول ایں سطور برداشت خواجہ اکم بن مرجان سال پنجاہ و چہار کشمیری۔ سطر دوم۔ معمار ایں ستون داجی ہشتی زرگر پنجاہ و چار۔"

۸۲۰ھ ہجری یُس گوٚڈنیُک کوٗشُر وٕری چھُ مُقرر کرنہٕ آمُت اَتہٕ پیٹھ چھہ ۸۷۴ھ ہجری یَس تام ۵۴ وٕری گٔذریمتیٚ آسان۔ وونی اگر غلام حسن شاہ کا مرٕنہٕ لیکھنہٕ مُطابق رینچن شاہ سُند تخت نشینی ہُند وٕری یانے کوٗشُر سنُک گوٚڈنیُک وٕری ۸۲۵ھ ہجری مانَو، تیٚلہِ چھہ ۸۲۵ھ پیٹھ ۸۷۴ھ بس تام ۴۹ وٕری گٔذران۔ تیٚلہِ گَو ژٕھ اَتھ ستونَس ۴۹ لیکھتھ آسُن۔ چونکہ اَتھ چھُ ۵۴ لیکھتھ یُس ۸۲۰ہجری مُطابق صحی ثابت چھُ سپدان۔ یُس حسن چھپہ لوکک سٕنہ مطابق رینچن شاہ سُند تخت نشینی یا گاشُر سنک گوٚڈنیُک وٕری چھُ آسان۔ بیٚتھ چھہ یِمہ کتھہِ ہٕنز وضاحت کرٕنی ضرورٕ دری باسان زِ بڈونٹھ کالہٕ نہٕ کمُ از کم دُنی کینتس نہٕ چھُ اعادہ یوان کرنہٕ۔ سہ گو یہ زِ اگر دُنی کینتس نہٕ اُسی سٕنہ لیکھان چھہ اُسی نہٕ چھہ مثالہِ پاٹھوٗ ۱۹۷۸ء بجایہ ۷۸، یوتے لیکھان یانے ۱۹۰۰ چھہ ترٲوان یتھے پاٹھو اوس بڈونٹھ کالہٕ نہٕ اعادہ کرِتھ سٕنہ یوان لیکھنہٕ۔ ۱۵۴ سٕنہ بجایہ اُسی صرف ۵۴ لیکھان۔ لوکک سٕنہ نہٕ اوس یتھے پاٹھو لیکھنہٕ یوان کشیرِ منز پرانہٕ زمانہٕ کین قبرن نہٕ چھُ کوٗشرِ نہٕ لوکک سٕنہ اعادہ کرِتھ یتھے لیکھنہٕ آمُت۔ مثالے سعیدہ خانُنز قبر، ییٚمِیُک ذکر ہیٚتھ پیٹھ کٔرِتھ گو۔ اَتھ قبرِ

چھُ ٦٠ لوکک سنہٕ لیکھتھ. مگر دراصل چھُ امہِ وقتہٕ ٤٥٦٠ لوکک سنہٕ
اوس مُت اِعادہٕ کرِتھ چھُ صرف ٦٠ لیکھنہٕ. یِتھےٚ پٲٹھۍ چھُ مزارِ سلاطینن
منز بیشتر قبرن پیٚٹھ کوشر سنہٕ اعادہٕ کرِتھ لیکھنہٕ آمُت.

امہِ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ تحقیق سیدان زِ غلام حسن شاہن یُس کوشُر سنہٕ
٣١ حضرت شیخ العالمہٕ سُند تاریخ تولُد لیوٗکھمُت چھُ سُہ چھُ نہٕ سنہ ٧٥٧ ہجری
مُطابِق صحیح. اتھ چھےٚ فرق باسان.

ووٚنۍ یُس تاریخ وصال غلام حسن شاہ کامرُون حضرت شیخ العالمہٕ
سُند سنہ ٨٢٠ھ مُطابق سنہٕ ٩١ کشیری لیوٗکھمُت چھُ سُتہٕ چھُ نہٕ صحیح باسان
تکیازِ غلام حسن شاہن چھُ پننہِ کس تاریخس "تاریخ حسن جلد دویمس" منز لیکھان
زِ بڈشاہن چھُ پننہٕ وقتہٕ کین اولیاہن نِش فائض حاصل کوٚرمُت. یِمن اولیاہن
منز چھن حضرت شیخ العالم تہِ لیکھی متہِ. یِم چھ لیکھان: "و درخدمت مشایخ
کبار و اولیای روزگار مثل شیخ بہاؤالدین گنج بخش و جناب شیخ نورالدین
ریشی رح و سید حسین منطقی رح و سید ناصرالدین وغیرہ اہل حال و
اصحاب کمال بہرہ اندوز صحبت میگشتند"

بیٚیہٕ چھ لیکھان زِ خانقاہ چرارِ شریف کوٚر بڈشاہن گٹھ ڈنچہ لٹہٕ
تامیر. یہِ چھےٚ تحقیق شُدہ زِ بڈشاہ چھُ جونراجنہٕ لوکک سنہٕ مُطابق سنہ
٨٢٣ ہجری یس منز تختس بیہان تہٕ غلام حسن شاہ چھُ پننہٕ کس تاریخس منز
بڈشاہ سُند تخت نشینی ہُند ورٕی سنہ ٨٢٧ ہجری لیوٗکھمُت. تیٚلہِ کیتھہٕ پٲٹھۍ
چھُ سنہ ٨٢٠ھ بڈشاہ سُند دور اوس مُت. حالانکہ یہِ چھُ علی شاہ برادر بڈشاہ
سُند دورِ حکومت اوس مُت. کوشُر سنہ ٩١ تہِ چھُ نہٕ صحیح نتان. تکیازِ کوشُر

تسلیم شُدٕ وُری ۸۲۰ شہ ہجری مُطأبِق چھُ ۱۴۱۱ ہجری واتان ۔ غلام حسن شاہ
ینٛدِ گوشر سنہٕ ۸۲۵ ہجری مُطأبِق چھُ ۱۴۱۶ ہجری واتان ۔ اَتھ چھُ سنہٕ ۸۲۰
ہجری یس تام ژھٕون وُرِی ہُنٛز فرق باسان ۔

یمن تأریخن تہٕ تذکرن ہنٛدین اقتباسن سام ہینہٕ پتہٕ چھُ تحقیق
سپدان زِ حضرت شیخ العالمہٕ سُند تأریخ وصال ۸۴۲ شہ ہجری چھُ صحیح ۔
محکمہ ریسرچ پتھ منز چھُ باباکمالہٕ سُند نوٗرنامہٕ یُس ۱۲۵۱ ہجری یس
منز تألیف چھُ آمُت کرنہٕ ۔ اَتھ منز چھِ بُڈٕ تحقیقہٕ سان حضرت شیخ العالمہٕ
سندِ حالات وغأرٕ دٔرج کرنہٕ آمٕتۍ ۔ بیٚیہ چھُ اَتھ منز حضرت شیخ العالمہٕ
سنٛدِ کلامُک تشریح فارسی زبأنی منز بِلیکھتھ ۔ یمو چھُ حضرت شیخ العالمہٕ
سُند تاریخ توٚلُد ۱۰ جمید الاول ۷۷۹ شہ ہجری بعہد قطب الدّین بادشاہ تہٕ
وصال ۸۴۲ شہ ہجری بعہد بڈشاہ لیٚوٗکھمت ۔ تقویم (جنتری) سیتۍ لأرِ تھ
چھُ ۱۰ جمید الاول ۷۷۹ شہ ہجری جُمعہٕ تأریخ سپدان ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ یمو شیخ
العالمہٕ سُند تأریخ توٚلُد تہٕ تأریخ وصال دۆیمیو تأریخو تہٕ تذکرو منزٕ کڈِتھ ییٚس
صفحس پیٹھ دٔرج کرِمٕتۍ ۔ یم چھِ لیکھان زِ حضرت بابا نصرالدّین چھُ
حضرت شیخ العالمہٕ سُند تاریخ وصال یتھ پأٹھۍ دوٚپمُت :

دوٚپ نصرنؒ تاریخ ورگ — تو تہٕ زوٗنت گو یامی سرگ

۸۴۲

"تو تہٕ زوٗنت گو یامی سرگ" چھُ بحساب ابجد اَمیُک تعداد

| توتہ | زوٗنت | گو | یامی | سرگ |
|---|---|---|---|---|
| ٥٠ | ٧ | ٢٠ | ٢ | ٦٠ |
| ٦ | ٦ | ٦ | ١ | ٢٠٠ |
| ٥٠ | ٤٠٠ | | ١٠ | ٢٠ |
| ٤ | | | | |
| ١١٠ | ٤١٣ | ٢٦ | ١٣ | ٢٨٠ |

= ۸۴۲ ہجری سنہ واتان ۔

(۱) باز عرش برین = بحسابِ ابجد چھُ اَمیُک تیداد ۸۴۲ ھ۔
۸۴۲

(۲) شمس العارفین = بحساب ابجد چھُ امیُک تیداد ۸۴۲ ھ۔
۸۴۲

(۳) طراز گلستانِ دین = بحساب ابجد امیُک تیداد ۸۴۲ ھ
۸۴۲

بۆنیہ چھُکھ اَکس قطعس منز حضرت شیخ العالمہ سُند تاریخ ولادت وصال تہ دۄمہ شریف بیتہ پاٹھۍ لیوٗکھمُت:

تاریخ تولّدُ "شمس برُج قدسی" آمد ۷۷۹ — بخی اندر سینن ۶۳

مخبر وصالش ۸۴۲

تاریخ تولدُ "شمس برُج قدسی" بحسابِ ابجد چھُ امیُک تیداد ۷۷۹ واتان۔ یانے ۷۷۹ھ۔ "بخی" بحسابِ ابجد چھُ امیُک تیداد ۶۳ واتان۔ یہ چھہ بیشہ دۄمہ شریف۔ "مخبر" بحسابِ ابجد چھُ اَمیُک تیداد ۸۴۲ واتان۔ یہ گو تاریخ وصال۔

